# اۄش تہٕ اَچھر

(شارٕ سۆمبرن)



روشن لال روشنؔ

کِتابہِ ہُند ناو : اۆش تہٕ اَچھر

مُصنِف : روشن لال روشنؔ

ڈی۔ٹی۔پی کمپوزِنگ : مُصنِف

چھاپن وٕری : 2015 عیسوی

تعداد : 500

مول : 275 روپیہٕ

چھاپ خانہٕ : جے۔کے۔آفسیٹ

جامع مسجد، دلی۔۱۱۰۰۰۶

کِتاب میلنگ پتاہ

۱۔ مکان نمبر 195 مِت نگر مُٹھی جۆم

۲۔ کِتاب گھر، مولانا آزاد روڈ سرینگر کِتاب گھر کنال روڈ جۆم

۳۔ راکیش، راجیش روشن بٹ 8/469 سکیٹر 4۔ویشالی غازی آباد اُترپردیش

موبایِل # +91-9910225550 / +91-9718503047

ہاوسن لۄگمُت ہۄنٛڈُر پہٕ درۆگ سبٹھا
لول ییٚلہِ ہٕنٛدریوو پتہٕ وُشنوو ژُمی

یہِ کِتاب چھہِ ریاستی کلچرل اکادمی ہٕنٛدِ جُزوی مأُلی اِمدادٕ سٟتۍ چھاپ سپزمٕژ۔ ییٚمہِ خأُطرٕ یہٕ کلچرل اکادمی ہنٛد سبٹھا مشکوٗر چھس۔ اَتھ منٛز باوَنہٕ آمتین خیالاتن ہُنٛد چھُ مُصنِف ذأُتی طور ذِمہٕ دار۔



# اِنتساب

پننہِ شفیق تہٕ رفیق بینہ 'بینہِ گاشہ' ہندِ ناو
یوسہٕ مےٚ بالہٕ پانے ترأوِتھ ژٲج

تہٕ

ہمدردمأٔلی ہندِ ناوٕ ییٚمی مےٚ وِزِ وِزِ سیٚز وتہِ پَکنٕچ ژینہٕ ون دِژ
تہٕ سورگس گژھنہٕ بروٚنہہ شےٚ دوہ اُخری شیٚچھ بأو۔
(شیٚچھ چھِ کِتابہِ اُخرس پیٹھ درٕج)

روشن



# فہرست

نمبر شمار | | | صفحہ نمبر

# سُے دود چھُم جگرس

کائشرِ زبأنی ہُند ناماوار شاعرنعمہ صأبُن مزکورٕ شعر مصرٕ چھُ کلہم اِنسأنی صورت حالُک اکھ تیُتھ آدٕمی وبد اکھ یُس بیک وقت فری یاد تہِ چھُ تہٕ احتجاج تہِ۔فری یاد تہٕ احتجاج کہِ امہِ بےٚ سوکھ صورت حالُک فکری پوٚت منظر چھُ اِنسان ہنزٕ بظأہر خود موختأری منز پوٚشید تِسنزٕ ے بےٚ بسی تہٕ لاچأری تہٕ یہے بےٚ بسی تہٕ لاچأری چھےٚ الگ الگ انداز تہٕ انمانہٕ پننہٕ ازکالہٕ پیٹھٕ از تام اِنسانہٕ ہندِ ازل لانیک اکھ تیُتھ داستان ییمیک اکھ اکھ واقہٕ فریادس منز احتجاج تہٕ احتجاجس منز فری یادُک روداد باوان باوان پرٛتھ حساس پرن وأ لِس پانہِ مأرِس واتناوان چھُ۔ بقول مرزا۔

غالبؔ کہہ سکے کون یہ جلوہ گری کس کی ہے
پر چھوڑا ہے وہ اس نے کہ اُٹھائے نہ بنے

*

جُرس چھُ گلس نِشہِ اکہِ پاسہٕ ژھنبہٕ گژھنگ راون تیوٚل تہٕ بیکہٕ پاسہٕ پننہ نِس آگرس ہتی واپس رلنگ اِشتیاق تہٕ دوشوے صوۄژ چھے اِنسأنی لاچأری تہٕ

بےٚ بسی ہنز راوِن دگ۔ اکہِ پاسہٕ سٔدرس تارلبٕنگ ہاوس تہٕ بیکہِ پاسہٕ ''اوم پن'' ژھینٛتھ پنٕگ خوف۔

آمہِ پنہٕ سٔدرس ناوِ چھس لمان
کتہِ بوزِ دے میون مےٚ تہِ دِیہِ تار

للہٕ دید

*

یہِ گوٚو تیٚتھے ہیوٗ المناک صورت حال زِ جاناوار چھُ ٹھٕپس منز پنہٕ نہٕ لاچأری ہندی ژھرٕٹھ دِوان تہٕ شِکأری چھُ جاناوار ہندبن وبداکھن بول بوش زٲنتھ حض ٹلان۔ دُنیاوی سوٚتھرس پیٹھ تہٕ چھُ انسان سیأسی تہٕ سمأجی زولانن ہُند قِدی۔ باضے پیوس یوسف ہٕنتھ اکبر ہندِ سیاسی وکانٕک بار وبتٕرن تہٕ باضے حبہٕ خوتونہِ ہندی پأٹھی سمأجی نیأے پبترٕن۔ اتھ ونوا تقدیرِ کی زألی پنجرٕ، رِکنہٕ اِنسأنی کأرِستأنی ہُند زولانہٕ کرہوس ناو۔ خبر یوہے چھورٕ چھور کرٕوٗن احساس ما چھُ محمود گأمی لیس یتھ ہیوٗ بربگہٕ آدِمی وبداکھ دیاوِ ناوان۔

کر سٲ میون نیأے اندے
مأری منڈے مدن وارو

*

یُس ژۄل سہٕ گوٚل یا ژٕلیٚ متیٚ چھِ یوان مگر گلیٚ متیٚ چھِ نہٕ یِوان۔ کأشرِ زبأنی ہندی اِظہار چھِ تمن سیأسی تہٕ سمأجی ورن وأری داتن ہُند پوٚت آلوٕیم وِزِ

وِزِ کأشرٕن زن تہٕ لانہِ لیکھتھ أسی ۔ تدبیر ژھانڈنہٕ بجایہِ تقدیرس پان پُشرن وألی مظلوم کأشری کوٚر یہِ ؤنتھ اسِونہِ ہونجہِ پرٛتھ کانٛہہ غم قوٚبوٗل زِ تقدیرس کیاہ کری تدبیر۔ تہٕ روٗد غمن دوکھن تہٕ خوٚشی شادمأنی منز رحمان ڈارُن یہِ شار گوٚوان ٹکنگراوان ۔

تدبیر کران وُمبر مالہِ رأوِم تقدیر آم نو ونے
یِی لانہِ لیٚکھُم لوحِ محفوظس تی چھُس نکھہٕ والان

*

موجوٗدٕ دور تہٕ پیٚو ونہٕ کأشرٕن پھرٛوٗژ۔ کٔشیرِ ہندٕن سرحدن ستی گیہِ کأشری تہٕ تقسیم۔ أڈی لگی لار تہٕ أڈی دار۔ لل دید تہٕ شیخ العالمؒ ہنٛزِ ماجہِ زیو کأشر زبان گیہِ پوشہِ مرگو پیٹھہٕ سیکہِ صُحراون تام واتان واتان رتہٕ ئُری تہٕ خبر کِتِس کالس روزبس پنہٕ نہِ بےٚ مول گرٛہنُک احساس جہِ خوتونہِ ہندی پأٹھی وأرلِنٛج کوٚران۔

زولہِ چھم نہٕ یِوان مولہٕ چھکھ والان
غم چھم وأرلِنجہِ سے

*

تہٕ نعمہ صأئبنٛ پأٹھی روزِ یارٕ ہنزِ مارمتہِ جگرس دود للوان للوان اشہِ دانہِ یہٕ ڈمُت یہِ وبداکھ دِوان ۔

کریوٗٹھ پیوم یارٕ دود بہٕ وٕنتھ زانہٕ کس
سُے دود چھُم جگرس

✲

پئتمین وُہن ؤریین دوران روٗدی کشیرِ منز روزن والین شأیرن ستی ستی بالہٕ اپأرِم کأشری تہٕ پنٕہٕ نین جزباتن، احساساتن تہٕ ورن وأری داتن کأشرِ زبأنی منز تخلیقی اِظہار بخشنان۔ امی کاروانُک اکھ ویوٚد ناو چھُ جناب روشن لال روشنؔ یُس پنٕہٕ نہٕ سأری ہے وأنسہِ پنٕہٕ نہِ تخیُلی آگہی تہٕ تخلیقی بترٕ مطابق پنٕہٕ نین لوکٹین موکٹین انہارن، آکارن تہٕ شودبن شروٗژبن لولہٕ جزباتن شارٕ باوتھ دِوان روٗد۔ روشن لال روشنؔ چھُ ژکہِ رومأنی مِزازُک لولہٕ شأیر یُس اِستعارن، علامژن تہٕ تشبیہن، ترکیبن پیٹھ پٔنن ژوٚر روکھ خرچاونہٕ بجایہِ پنٕہٕ نِس یادن ہندِس أنہٕ خانس منز رٔژھرِتھ واقن، وأری داتن تہٕ آشن، امارن أکِس شوٚدِس شأیرٕسندی پأٹھی شروٗژِ زبأنی منز لفظٕ وردن لاگان چھُ۔

وٕنی ژٕ آکھ وٕنی ژٕ نیرُن چھکھ دپان
ون وُنستام تہٕ تھی تہٕ کأتیاہ شام گٔے

✲

وُچھُم، ژرژُم تہٕ ڈیوٚٹھُم بانٛبر یومُت
ونیوس دِل رٕچھن چھے بوٚڈ ثوابا

✲

روشٕن ہنز شأیری پرٕتھ چھُ باسان زِتس چھُ پنہٕ نہٕ آدن گامہٕ کہٕ آدن کالک راون تیوٗل رُمس کوٗنڑ ہُنتھ وچھ کوٗران۔ پنہٕ نہٕ شُرکہ اأزی ہندی ہاوس تہٕ جوأنی ہندی ارمان چھِس پنہٕ نِس اُتھی آدن گام ہنز چھس منز چھکرِتھ باسان۔ تِہندبن أزی کِمن خابن منز چھِ تِہندی وہ ؤری پرانہِ زندگی ہندی عکس جلوٕگر سپدان تہٕ تِہنز بیدار زِندگی ہنزن اُچھن منز چھُ پنہٕ والہِ زمانک خوف وہشلان ووزلان۔ راتن ہندِس دُنیاہس منز وأتتھ چھُ روشٕن یمہٕ نے خابن تہٕ خیالن سیوٗ دساہِ شارِ اِظہار دِوان۔

محل خانن منز گرٕشان ہاوس وٹھی
خاب وُچھمُت اوس یُس کرتام روو
زونہٕ ڈبہِ پتھ کس وُچھان چھُکھ روشٕنو
کُس ونی تُمی سُند ژرے وونی پأغام روو

*

پیتہٕ اسہٕ گرٕہو وأنسا اُس
تتھی شہرس بدلووُکھ ناو !

*

سبز ژٕنز یادٕ وُترِس منز اویزان
چھُ تصویرن اندر موٚت سونتھ ہاوے

تصوٗر روٗد ڈنجہِ پوٚز روشنٔو وونٔی
مُصور چھُس نہٕ کانہہ شکلاہ بناوے

*

عام زبأنی تہٕ تخلیقی زبأنی ہنز پھیرِ ہاوٕ خصوصِیتھ چھے یہے زِ شأیر چھُ لفظن پننہٕ نہِ لغوی مانے منزٕ کڈِتھ اِستعارأتی حِصہٕ بخشان۔ نوبن نوبن مصنوی اِمکاناتن ہُند تلاش کران کران لفظن اکہِ سرحدٕ منزٕ کڈِتھ بیٚکس سرحدس پھألاوان وُپھناوان حالانکہِ لفظن چھُ پننہٕ نِس ؛لغوی مانے ہس منز روٗزِتھ تہٕ پٔنن تواریخی، ثقافتی تہٕ لِسأنی رُت منظرآسنس ستی ستی پٔنن اکھ خاص احساسأتی مانہِ آسان تہٕ شأیر چھُ لفظن پننہٕ نِس اتھ مخصوص مانے ہس پوٚت منظرس تہٕ تصورس منز تھأوِتھ تخلیقی قوتھ عطا کران تہٕ مزکورٕ سرحدٕ منزٕ کڈِتھ نوبن سرحدن ہندبن نوبن مصنوی کیو تخلیقی اِمکاناتن ستی مُتعارف کرٕناوان۔ دوشوٕنی صوٗرتن منز گژھہِ شأیرس امہٕ قسمہٕ کِنہ لِسأنی تہٕ زأوی جارن ہُند واتنیار آسن۔ یوہے لِسأنی ورتاون وَل تہٕ تخلیقی ہونر چھے أکِس شأیرس بیٚکس شأیرس نِش مُنفرد بناوان سہٕ پرن وألِس قأری یس نِشہِ تہٕ چھُ شار پٔرزناونک یا شارتحریرس تام

واتنک اہم وسیلہٕ یوٗ ہے شار شوبان۔ روشن لال روشنؔ چھُ پنہٕ نہٕ شروٗژِ شرأنہٕ زبأنی منز تھی تجرُبہ کران یم روشنؔ سنٛز شأیرانہٕ صلاحیژ ہُند نوٗن نیب چھِ۔ پرٛھن جاین چھُ روشنؔ خوبصورت تجرُبن خوبصورت شارٕ باوتھ دِوان تہٕ پرٛن دول چھُ پران پران لُطف اندوز سپدنس ستی ستی تجرُبہٕ تہٕ ژینان تہٕ تجرُبک عمل تہٕ محسوس کران۔

گہے زأنِم مے واوس ژأنگی رتہٕ ستی
گہے شُمشان سینس منز وُہان رودی

*

زُلف بر دوش ترأوِتھ شام کوٗرنم
غنیمتھ وق یہٕ ازمأوِتھ مے تھووُم

*

چھُ آدن واوِ رِنگ گوٗژھ خاب رُژھرُن
پتو سُدرس چھِ ڈولان ناو أُغر

*

روشن لال روشنؔ چھُ مختلف بحرن منز غزل لیکھان۔ اما پوٗز اکثر پأٹھی چھُ لوکچہ بحرٕ ورتأوِتھ پنُن فن ازماوان حالانکہٕ یہٕ چھُ الگ بحث زِ بحرن ہُند علِم

یا ونو علم عروض زانُن چھا شأیر ہندِ باپتھ لأزمی رِکنہٕ نہَ۔ مگر یتھ کتھِ ہکو نہٕ اِنکار کٔرِتھ زِ پابند شأیری باپتھ خصوص غزل صنفہِ باپتھ گژھِ شأیرس کٔنہی نے تہٕ وزن تہٕ ردیف قافین ہندِ صحی ورتاوُک علِم لأزمی آسُن۔ سو چھے بیاکھ کتھ زِ یم سأری وصف آسنہٕ باوجود تہِ ہیکہِ شار محض اکھ منظوم باوتھ أستھ ونو یتھٕ کٕنز زِ یم سأری لوأزِم زانہٕ نہٕ باوجود تہِ ہیکہِ نہٕ شأیر سُند شار اکھ رُت تخلیقی تجرُبہٕ أستھ۔

روشن لال روشنؔ چھُ لوکچن لوکچن بحرن منز غزل لیکھان لیکھان نوبن نوبن ردیفن قافین ہُند اِستمال کران پڑتھ غزل شارس منز وکھرِ وکھرِ پنہٕ نِین جزباتن تہٕ ایحساساتن زبو دِوان۔ بیاکھ توجہ طلب کتھ یہِ زِ روشنؔ چھُ واریاہن لکھتٕی شارن منز غزل لفظ ورتاوان ئلکہ غزل صنف ورتاونک بار بار اِشارٕ تہٕ اعلان کران یمہِ تلہٕ یہِ کتھ عیان چھے زِ روشنؔ صأب چھُ شعوری طور غزل صنف ورتاونچ کوشِش کران تہٕ یہے صِنف پنہٕ نین لولہٕ جزباتن باوتھ دِنک رُت وسیلہٕ زانان۔ ئلکہ چھس ''غزل تہٕ گزل'' لفظن ہُند معنوی ایحساسأتی تہٕ ثقافتی پین تہِ تہٕ یُہند پوٚت منظر ہیتھ یُہند ورتاونک شعور تہِ۔

٭

پھوٚل صُبح تے سوٚنبلن تُل ویوٗر کیاٗ

چھے گزل وق ہے جِتابو روزِ کیاٗ

٭

غزل پھولہِ ہے وُٹھن کُمجار کرٕ بکھ
ڈُلن گۆژھ شام تھنہٕ پیٚیہِ ہے سحر کانٕہہ

٭

لیٚکھ غزل یامتھ خیالن جیشنہٕ لوگ
روشنوٗ شوٗقچ پھلے سر عام گئے

٭

کتھ تُجم لیٚکھُم غزل از روشنوٗ
یُتھ نہٕ ووٗنی پوشن ہرکھ تتھ چھے قسم

٭

روشن لال روشن چھ از ''اۆش تہٕ اچھر'' ناوی پنٕنز ژوٗرِم شارٕ سۆمبرن تہٕ پنٕژِم کِتاب بازر تراوان۔ یتھ منز یِنہند بن غزلن علاوٕ یِنہٕز کینٕہہ نظمہٕ تہٕ شاٗمِل چھے۔ وومید چھے زِ پرن وألی کرن یتھ شارٕ سۆمبرنہِ ضۆروٗر پسند۔ تہٕ شاعر سند بن تخلیقی حاصِلات کھسہِ بیٚیہ ہن بوش۔ یێمہِ ستیٚ روشن لال روشن سندی خیال، احساس تہٕ تجرُبہٕ مزید روشن سپدتھ گیہ ژھٹن تہٕ واہ پراون۔

أخرس ونہٕ بہٕ یہِ کتھ ضۆرۆر زِ کٲشیرِ نبر روزن وٲلی کٲشرۍ شأیرچھِ پنہٕ تخیلی آگہی تہٕ تخلیقی جوہرس پنہٕ نہِ ماجہِ زیٖوِ کٲشرس منز باوتھ دِتھ پنٕنۍ پرزٕنتھ رٔژھران رٔژھران پٕنۍ عظمتھ مولوان............اماپۆز یہنٕز پنہٕ اجینۍ پےٚ ماچھِ امہِ پرزٕنٛژ تہٕ عظمٕژ نِشہِ تتھِ کنۍ غأرشعوری تہٕ غأر ایحساسأتی طور محروم سپدان زِ اکہِ دوہہٕ پھرِ یمن تیُتھ گُجر زِ پنہٕ نہِ وۆجودِ نِشہِ محرۆم سپدنس ہتی ہتی سپدن تمِ پنہٕ نبن جدن اجدادن ہُند بختاور میراشہِ نِشہِ تہٕ بےٚ دخل۔ چھورِ چھورِ کرِدُن یہِ دِلہٕ دُبرایل ایحساسہٕ کس اپأرۍ مس ، یپأرۍ مس حساس کٲشرس آسہِ نہٕ کۆنڈ بٕنتھ وچھکوران تہٕ نعمہٕ صأب نہِ ہٹہِ آسہِ أندرۍ أندرۍ پانس ہتی گنگراوان ۔

کریٚوٗتھ بیوم یارِ دود بہٕ وٗنتھ زانہٕ کس
سُے دود چھُم جگرس

پروفیسر شاد رمضان
یونیورسٹی کیمپس حضرت بل سرینگر



# باس

وقتن ہوو ووکھ بُتھ تہٕ حالاتو کھوٚ ترٲس۔ پٔرستانہٕ ڈٔلتھ آیہِ بٹھمن تہٕ بیرن ٹھاسنہٕ۔ تقدیرس پُشپر پان۔ ذہن ییٚلہِ مُنتشِر سپدان چھُ اِنسانس چھِ پارٕدٕ ژھرٕ ژھرٹھ لگان۔ پوشہِ تھٔر چھےٚ ہُرتھ ہوان تہٕ شوقہٕ گُلمن چھےٚ ہرٕدٕنی ژھٹھ زن لگان۔ اپارِ ییارِ چھےٚ ہشی ودل۔ ژھر بر چھُ دوشوٕنی جاین لبنہٕ یِوان۔ فرق چھےٚ پِژے زِ لپأرِم چھِ گرٕہے منز بے بسی ہندی بارو دِوان تہٕ ییأری مس چھُ صحراوٕ سفرتہٕ ہجرٕ دگ باگہِ۔ یتھٕ کٔنی چھُ اِنسان یمہٕ نٕے دولابن منز گیر سپدِتھ وبداکھ دِوان۔ حالات چھِ شأیری پیٹھ پٔتن اثر ضوٚروٚر تراوان۔ دود تہٕ دگ ییٚلہِ تیلان چھےٚ اِنسانس چھُ دُنیا پزی بزم تہٕ بأزی گار باسان۔ دیس ناد لٲیتھ چھُ وبداکھ دِوان ۔

تنہٕ نیُو کنس گٔشی تھےٚ، پوزا چاأنی گیہِ مُشی تھےٚ

ننگہٕ گیہِ منز مأدانے، ہی دیادانے دولو



امی صورت حالہِ کنی گٔذرِتھ ہیٚتی مےٚ تہٕ وونٕدٕک شہجار پراونہٕ خأطرٕ پایہِ

بٔڈی ہے ناد لاینز تہٕ پان تسی پُتھرِ تھہ پیٛیہِ میأنی بُکھتی شأیری تھنہٕ۔ تہٕ گوڈنیچ کِتاب ''بأوِ پوش'' درایہِ بازر۔ یہِ اوس نمتہٕ پتٕگ گوڈنیک ڈہیل اتھ کِتابہِ پیٹھ چھُ بہلہِ پایہِ بُزرگ شأیر جناب کاشی ناتھ باغوان صأبن خطہٕ ذٔری یہِ پٔنن یہِ توثر سوٗزمُت :۔

صفہ پنجول۔
٠٦.4.2001

مانٛہ رؤشن صاب۔

آہی۔ دٕژکھنٛد گو زیر تیلہٕنس نگرنٛب گوشُم ییشہ۔ بھادٕ پوش
رٕٹُم۔ دٕز دٕز ژاژرم۔ امہِ چہ خوشبوٗیہِ سیتؠ گوم مۍ سیٹھا شند۔
یہ کتاب چھیٛنہٕ تیٛنزِ مُنک بھادٕے پوٛت ھاداں بلکہ چھُم
الله سُنٛد تأثیر یمہٕ سیتؠ ییرن وأنُس تہ دیہ سُند لول تہ
ماے گیہ۔ بھگوان ژھنو بیٛمن لول زیادٕ ینس فنرت تہ
قلمس دِنو زیادٕ میچھر۔ مےٚ چھُم یقین زِ بھادٕ پوش یُس
باقاعدگی سان پیٛر سودرِ تہ گیوم تس سیدٕ پوٛد
زِ ستائنی حأصِل۔

تُہنٛدٕ رت کانچھن وول
کاشی ناتھ باغوان۔

امہِ پتہٕ درایہِ دۆیم ڈٕہیل شۆرۆ گژھِ وُنے میأنی دۆیم شارٕ سۆمبرن ''وُہلی وتو منٛزی'' تہِ بازرس۔ پتہٕ درایہِ بیاکھ بُکھتی شأیری تہٕ نثرس منٛز ''گۆرۆ دکھِنا'' ناوٕ کِتاب تہِ بازر۔ یم دوشوے کِتابہٕ کرِ مے پانے ناگرییس منٛز کمپوز۔ مے ہیوٚچھ رِٹأر گژھنہٕ پتہٕ ہندی لیکھُن پرُن تہٕ پانے چھس دونۍ نستالیق، دیوناگری تہٕ رومنس منٛز کأشر لیکھان پران تہٕ کمپوز کران۔ ماجہِ زیوٚ ہُندسربہہ چھُم رُمن منٛز بُستھ یوہے وجہ چھُ زِ مے ہو نستالیق لِپی ذأنتھ تہِ ناگری ہیچھِن یِتھ مے شُربن پٔنٕنۍ ماجہِ زیو برقرار روزِ۔ مے چھُ فخر زِ میأنی شُری کیو میأنی زُرۍ تہِ چھِ ماجہِ زیو زانان۔

یۆت یۆت دوہ دوہ کھسان چھُ تیۆت تیۆت چھِ ژہتہٕ وُترِس منٛز اویزان پۆت کالٕکی سبزٕ ژٕہرِ گتہٕ گیوٚر کران۔ دود، ہجر دگ تہٕ راون تیوٚل چھُ وأنجہِ تچھِن ٹلان۔

پزر چھُ یِ زِ یتھِس صوٗرت حالس منٛز چھے پۆت کال تہٕ ازکالچ فرق پانے ٹاکارٕ دریٹھی مان سپدان۔ صحرأوۍ سفر تہٕ تاپہٕ ڈکربن ہُند تبنبرِ وُن تڑر چھُ تُرٹلان تہٕ شأیری چھے تھنہٕ پیوان۔

ازچھے میأنی ژوٗرِم شارٕ سۆمبرن ''اۆش تہٕ اچھر'' ناوٕ پنٛژِم کِتاب توہہ بروٗنٛہہ کنہٕ یتھ منٛز ازکال زیادٕ پہن دریٹھی گژھِ اما پوٚز آدن کالُک راون تیوٚل، لِہٕ شِکوٕ، گُنبرتہٕ لوٗرچ وبٕژہے تہِ گژھِ نظرِ۔

بہرحال کِتاب چھِ ٹاکارٕ ۔ ووٚنی چھُ پرن والین تام خاص کُرِتھ تنقید نِگارن تام زِ تِم ژھلن ضوٗروٗر قلم تہٕ پٔنن توٗژُرلیکھن یٚیمیُک مے اِنتظار روزِ۔ ہرگاہ یٚیمہِ کِتابہِ منز کانٛسہِ اکھ غزل یا نظم ٹارِ کھسہِ سہٕ آسہِ میانہِ خاطرٕ بوٚڈ توبرُک۔

بہٕ چھُس پروفیسر شاد رمضان صأبُن سبٹھاہ مشکوٗر یمو یتھ کِتابہِ پٔنن وق راوِ رِتھ سرنامہٕ لیوٗکھ تہٕ مے سپز حوصلہٕ افزأیی۔ یہ کِتاب پرن والین تام واتناونس منز رِتی مشوٗرٕ دِنہٕ وأرِس نقاد، ادیب تہٕ شأیر ڈاکٹر رتن لال تلأشی صأبُن تہٕ چھُس مشکوٗر۔ مکھن لال کنول صأب چھِ مے نچوٗ زانان تہٕ آشیرواد دِوان روزان تِہُند تہٕ چھُس بہٕ تابعدار تہٕ مشکوٗر۔ موتی لال مصروٗف تہٕ روِیندر روی تہٕ گرٛشم نہٕ مُشتھ یمو پروف پرنس منز مے اتھ روٗٹ کوٗر۔ تِہُند تہٕ چھُس احسان منٛد۔

پننہٕ نہٕ آشنہٕ (روشی بٹ) ہُند چھُس سبٹھا شُکر گزار یٚیمی مے وِزِ وِزِ ساتھ دیُت۔

روشن لال روشن



وعدٕ سے یِنہٕ زانٔہہ ڈلکھ تتھ چھےٚ قسم
لولہٕ دامانے برکھ تتھ چھےٚ قسم
گٔری زِ ہے یم لولہٕ چھ بس ذٕ ے کتھے
پَر غزل میونے پرکھ تتھ چھےٚ قسم
دِل کوٚرُم نذرانہٕ ژٕیے، اتھ تھو رٕچھِتھ
دامنس یِنہٕ گٔنڈی برکھ تتھ چھےٚ قسم
بالہٕ تھونگمن حال پرٕژھ وُچھ کیاہ ونن
ہردٕ بروٹھے ینہٕ ہرکھ تتھ چھےٚ قسم
لولہٕ چانے وُچھ مےٚ کم افسانہٕ لیکھی
پٔری زِ یم سأری ورق تتھ چھےٚ قسم
کتھ تُجم لیوٚکھُم غزل از روشنو
یُتھ نہٕ ووٚنی پوشن ہرکھ تتھ چھےٚ قسم



کوو کوٚڈتھس بہٕ از میخانہٕ ساقیِ
کٔمِس بخشُتھ موٗلُل پیمانہٕ ساقیِ
وُچھِم ڈٔجِتھ ژٕے ما چھیٚ رائے شاید
ژٕے بدلیٚ چھِہ سونچنکی میزانہٕ ساقیِ
رِنٛدن از پھوٚر دۄدمُت زوٗنہٕ گاشس
کھٔٹِتھ کتھ تھووتھکھ پیمانہٕ ساقیِ
وچھس منز چھُس بہٕ للوان نار از تام
ژٕے کوٚ بو زوتھس بیگانہٕ ساقیِ
خطا کیاہ از چھُ وتم روشنس ژٕے
چھُ چانے دارِ تل در مانٛدٕ ساقیِ



کیٲہ ونے کم خاب میٚے لیلام گئے

کتھ بہٕ ونہٕ ہے کتھ یہے سرِ عام گئے

تس پرُژھم دوٗربر چھُ کوتاہ شہر تام

وٗنی دِوان پٔدر آیہِ کأتیاہ گام گئے

وُنی ژٕ آیکھ وُنی ژٕ نیرُن چھکھ دپان

ون وُنِستام تِتھی تہِ کأتیاہ شام گئے

زأحدس از وُچھ مےٚ ڈُٔجھو پأرک زان

رِنٛدٕ وُچھ چینہٕ روٗس دپان بدنام گئے

لیٚوکھ غزل یامتھ خیالو جشنہٕ لوگ

روشنوٗ شوقٕچ پھُلے سر عام گئے



چشمہٕ مُژربم گو سہُ خاب روزِ کیاہ
اوٚن مژر تمی چھُم نہٕ تاب روزِ کیاہ
واو سوٗزُم شیچھی ہیتھٕے قاصد بٔنتھ
نَے چھُ خط تے نَے جواب روزِ کیاہ
پھوٚل صُبح تے سُنبلن ٹُل ویوٗر گٔمی
چھُے گزل وق ہے جناب روزِ کیاہ
آوٕلنٕز ہے مژ ژٕ ون موکجار کس
کیاہ گوناہ کیاہ چھُے ثواب روزِ کیاہ
زانہٕ روشن رٕژھ یہٕ دگ اہریز ہش
تیمی نہٕ پٕر عشقٕنز کتاب روزِ کیاہ



تس مدنوارس مٔے پراران شام روو

کیاہ ونے مٔے تہٕ از پٔژن موٚت گام روو

لیس أچھن مزٕ گرٕکھ دِوان وُچھ مٔے سٔدٕر

تخنہٕ رِنٛدن کیاہ ونے سُے جام روو

محل خانن مزٕ گرٕھان ہا وس وٕڈسی

خاب وُچھمُت اوس یُس کر تام روو

لیس کتھن میچھر تہٕ نظرن اوس سربہٕ

روو ووٕنی مستانہٕ از سُے رام روو

زوٗنہٕ ڈبہِ پٹھ کس وُچھان چھُکھ روشنو

کُس ونی تُمی سُند ژٔے ووٕنی پأغام روو



خیالے ڈۄل تہٕ روۄم تاب مژر وۄتھ
دپان تأبیرِ نِش گۓ خاب مژر وۄ تھ
وتُش لوٚگ میٚے جنوٗنس سینہٕ گو چاکھ
وۄجوٗدٕ ے رأوی گۓ نایاب مژر وۄتھ
چھِ گاٗمتۍ تشنہٕ لب رِندٕ تھامہِ برٕ تل
کران خابن مگر سأراب مژر وۄتھ
کران کتھ چھُکھ کنڈٕ بن ہنٛز کتھ مٚے وَنتم
مٚے کر ہوٚوتھ مُژھیُل گولاب مژر وۄتھ
گوٚمُت کتھ موٚت ژٕ چھُکھ ون روشنو ون
سہٕ چھے ہتھ زوٗنہٕ لچھ آفتاب مژر وۄتھ



سوالن ما دیُتُھ میانِمن جوابا

مژر وۄتھ کاینالس ڈۄل حِسابا

کران گرٛندکتھ ژٕ چھُکھ میانِمن چھوکن ون

دزن شُمشانہٕ اَعٕزروزِ خابا

وُچھُم ،ژرژُم تہٕ ڈیوٗنٹھُم بامبریوٗمُت

ونیوٗمس دِل رچھُن چھے بۆڈ ثوابا

چھِ کھالان ہان عٕمر لُکھ ہرِدٕ واوس

پھُۆ لۆگمُت چھیٚپہٕ ییٚتمن رمبہٕ وُن گولابا

حرف گر روشٔنو تھو مالہٕ گٔری گٔری

ورق بٔری بٔری ژٕ سۆمبرأوِتھ کِتابا



لبن رِنٛدٕ زِنٛدگی پیمانہٕ نٕے منٛز
سمن سأری سُمن میخانہٕ نٕے منٛز
شمع پرزلن ژوٚپاسے وولسہِ سمسار
رگن اِدٕ تیلہِ سرِیہہ پروانہٕ نٕے منٛز
پھولن پمپوش ڈل ووشلن سمن بل
حقیقت شولہِ متہِ افسانہٕ نٕے منٛز
سوٗنٛدر مالن برِتھ وونٛدٕ آسہِ لولے
عشق پھلوا گژھِم مستانہٕ نٕے منٛز
گوان روشنٛ تہٕ آسی یارِ ہوہس
کران گرٛنٛد آسہٕ نس دیوانہٕ نٕے منٛز



کتھ یہِ وُژھ ژٕمی ہنز پرٕم عشقٕنز کتاب
بس غزل لیوٗکھٕم یتھے اِد پھوٚل گولاب
لارِ لد چھِم شوق کأتیاہ برأنتی گأم
تھامہِ گو نا دِل نےٚ گوٚژھ آسُن شباب
پوشہِ ژنجہِ وِے ہتی دِل چھوکہ لد سپر
غأرتھا کر زِندگی بخشُم نےٚ تاب
تھوٚد تُلِتھ غمہِ کمِن ییمن پُہرن برٕژا
زین درجاتھا یہِ چھِے کارِ ثواب
کوٚت ژلان چھُکھ واو زن شہلاو دِل
روشنو تھو اکھ قدم اسہِ نِش جناب



ننہِ وانہِ أچھن تل مٕے چھُم پیمانہٕ گٲرِتھ بوز

ساقیٖ چھُ پھِران پانہٕ از میخانہٕ بٲرِتھ بوز

از تُجم یٚیلہِ کتھ مٕے چاأنی چشمہٕ گٔے سأراب

نتہٕ جامہٕ ژٲٹِتھ نیر ووٗنی مس بانہٕ بٲرِتھ بوز

بُت خانہٕ ونن تٔتھی یٚیتین فرضانہٕ سٔجدا دِن

نتہٕ ضایہِ گژھن ٲکی سر ننہِ وانہٕ نۆمرِتھ بوز

قدسروٕ روے تابان ہٕری یکیٖ پأٹھی ووشلُن چون

یٔژ کأژی تھوٗوم لولہٕ کٔے بُتخانہٕ گٲرِتھ بوز

بیتاب سپُد روشنو دِل تس وُچھِتھ از میون

دیوانہٕ وُچھِم ٲکی پھو پروانہٕ دٲزِتھ بوز



کُمی کُری تاًویز پن کتھ حسد تھوٗوتھ مےٚ ہتہٕ

دوست اُستھ دُشمنی ہُند قول ورتوٗوتھ مےٚ ہتہٕ

یتھ دِژم نرِ تی چھُ آمُت باگہِ میأنس ازلیہٕ

گئے وۄنٛی ارمان یامتھ پان لرِ سوٗوتھ مےٚ ہتہٕ

ٲلو ہسأ دوٗربر چھُ پیوٚمُت اعتبارٕکی نقشہِ ڈٲلی

دُنہِ تہِ کیاٚ گو پرٕژھ تہٕ پانس پانہٕ بمن تھوٗوتھ مےٚ ہتہٕ

یتھ بہارس پوٚش پھولہٕ ہن تم چمن سٲری آب گئے

ژٕے مُتِس یتھ یاوُنس منٛز وُچھ گِنٛدُن تروٗوتھ مےٚ ہتہٕ

سُہل وبتراوُن چھُ ما یتھ عشقہٕ سُدرس منٛز دٕ یتھ

روشنو ون زانٛہہ تہِ کرشہجار اکھ چھوٗوتھ مےٚ ہتہٕ



ثوابا اکھ گوٚژھم ووٚنی دِل پھٔٹِتھ مٚیے

جوابا سوزتم سوٚنچِتھ سٔرِتھ مٚیے

حسر میخانہٕ نٕے زأہد تھوٚوتھ ما

دوٚپُم گوٚژھہ جام چوٚن کیٚت از برِتھ مٚیے

تُجِتھ کتھ پوشہ ٕنے ہٕنز ژٚیے تھٔکِتھ از

غنیمتھ تھوٚو کنڈٕ بو دامن رٔٹِتھ مٚیے

نکارٕے پنٕہٕ کرکھ ووٚش سٔری گرٕھن ٕکتی

چھوکن ئلہ تازٕ کرٕہم کتھ بٔلِتھ مٚیے

نزاکژ وقتہٕ چے زأنِتھ قدٕر ما

ہوٚس پٚیہٕ روشٕنو کأتیاہ چھٔنِتھ مٚیے



ووٚنڈس تھووٗم کھٔنِتھ ہأوِتھ مےٚ تھووٗم
یہِ کٔمۍ تٔج کتھ غزل بأوِتھ مےٚ تھووٗم

سکوٚنچ راتھ زانٹہہ ووٚنۍ باگہِ آسیٚ
سحر کر تام منسأوِتھ مےٚ تھووٗم

مۆشیُل خابا، رٔیج سوٚنچ کتھا ٹُل
لوٚبُم کیاٚ ہتام چھکرأوِتھ مےٚ تھووٗم

زُلُف بر دوش ترأوِتھ شام کوٚرنم
غنیمتھ وق یہِ ازمأوِتھ مےٚ تھووٗم

أچھو ؤہراتھ ٹٔج دامن تہٕ گو ئرۍ
کتھن میچھر سہٕ کُملأوِتھ مےٚ تھووٗم

چھِ پھُٹۍ ہتۍ جام از کُس چاوِ روشن
دیان ساقیٚ ووٚں بس چأوِتھ مےٚ تھووٗم



کر خوٗن جِگر نوش کرامات پننٕی ہاو
چھُم شوق یِہے شام شہج راتھ پننٕی ہاو
فنکار ژٕ یوٚد چھکھ تہٕ فنچ کر مہٕ نُمائِش
پردن اندر یُس جلوٕ چھُے ذاتھ پننٕی ہاو
گنہٕ یوے چھُے ماروٕٗچ تہٕ وُڈرن ہاے سبزٕ ہژ
از ساتھ غنیمتھ اُچھو وٕہراتھ پننٕی ہاو
سُلہٕ واو یِوان راش ہبتھ شبنم یہٕ شہُل کیاٗ
تن پوشہٕ نے شہلن وُچھم ترم ساتھ پننٕی ہاو

ڈینشِتھ برُن پہِو رنگ لیس واو ہرُدنٕ لۄگ

تس پوشہِ نوٗلس نُنٕز ژٕ کرامات پٔننٕز ہاو

فلکن اندر کتھ چھُکھ تھبکان دُنہِ تارکن ہشٕز شوٗب

اسمان ستے گز یہِ گو بُتراتھ پٔننٕز ہاو

ودلہٕ روشنو ینام سپُد چون آسُن اَز

گُمہٕ ناو رٔسلی وُٹھ تہٕ مُتٕر جزبات پٔننٕز ہاو

سرٕ بہہ نہٕ چشمن قطرٕنے حِساب لۄگ

خالی پیمانن شُمارس تاب لۄگ

چانہِ آنگن پوشہِ پھُلیا جوشہِ سان
میانہِ تھرِ کٔرِ تام اکھ گولاب لۄگ
پیالہِ چھورِمتؠ ژرژُن آم درینٹھؠ
منگ وُچھِم آبس شرابس تاب لۄگ
پُہرِ کأتیا رۄدؠ ڈٔرؠ گنڈؠ گنڈؠ تھۆکھ
زونہِ رأژن ہُند مۄدُر مس آب لۄگ
روشنو کر غأرتھا وبتار روو
ہأرتھا چھُم سُے مےٚ در جواب لۄگ



تصور اکھ یہے خلوکھ تہٕ کم کیاٚ
نظر تراوکھ اکے بر وق تہٕ کم کیاٚ
خیالن ہندی تھُرِم بُت رأتی راتس
صنم میونٔے گرِتھ تھاوکھ تہٕ کم کیاٚ
بِدوٚن روزُن وُچھِم لرِ پھِری تہٕ وچھِی
حسین یادن ژٕ وُزناوکھ تہٕ کم کیاٚ
مشبم کیاٚ ژیُہہ پٔہر باسیوو قُہر ہیُو
وون یادن ہندی سگٕر چھاوکھ تہٕ کم کیاٚ
ثوابا زین درجا تھا یوہے چھے
دوٗپم روے روشٔنو ہاوکھ تہٕ کم کیاٚ



مےٚ کُن کر عنایت غزل بس یپہے

کرُم بس رفاقت سُہل بس یپہے

کنڈٕ بو روٗٹ دامن پرٕژھکھ توتہٕ شیچھی

مےٚ کوٚر پوشہٕ وٕ ے کیُتھ ہزل بس یپہے

ژے پوٗرِتھ تھئوتھ سازو سامان ءکتی

مےٚ باسان چھُم ما اجل بس یپہے

تھئوِن ٹھٔرِ کأتیاہ تھئوِن چھِس تہٕ کیأ

أچھن تل مےٚ آیم سوٗزل بس یپہے

ژھٹکھ یِنہٕ أچھو اَوش ژٕ روشن ووٗنی

چوان خوٗن دِل گرٕھ عدل بس یپہے



کُلف زٔ یوِ لوٚگ وُٹھن پانے سُوان روٗدی
نظر گیہِ آچھِ سمسارس وُچھان روٗدی
چھوکل ہاوس غنیمتھ آپنھ وُنہِ اُس
خبر شر نیرِ تیأ مُری مُری زُوان روٗدی
گہے زألم نے واوس ژأنگی رتہٕ ستی
گہے شُمشان سینس منز وُہان روٗدی
نظر وٲژھ سجرٕ گوٚیتھ کأیناتس
قُہر ووٗتھ عالمس کھوٚنتمن گِنڈان روٗدی
دزان شاٹھن اندر وُنہِ اُرِ اوے میأنی
ژٕ چھُکھ روشن زُو، نارس ہُمان روٗدی



پٔدی درینٛٹھی گرٛھان وتھ رأو دوہے
ستھ روٗز تہٕ کیاہ کتھ رأو دوہے
وَچھ ہٕنٛدربو شُٹھنیارن وۄل نال
رٔچھ اسہِ نتہٕ کر ژبتھ رأو دوہے
پھٔلی پوش تہٕ واون ویوٗر تُلُکھ
اَسہِ سونتہٕ تراوتھ رأو دوہے
ووٗنی روو سمن بل کتہِ سمکھو
کولہٕ رادن لٔج وبتھ رأو دوہے
نکھہٕ روٗزِتھ سکھ چھُم روے وُچھِ ہس
کر آیہِ مےٚ فُرصتھ رأو دوہے
ورقن پیٹھ اَسہِ کر لیکھِتھ تھوٚو
روشن چأنی کتھ رأو دوہے



ہوا بدلے بدل سُے کاُرٕ گر اوس
وُچھُم تمہٕ اسٔیہٕ آمُت زن ووپر اوس
لگی پئنہٕ شاپھ کھوژکھ ژھایہٕ ملربن
ژٕے ما چھے رائے شاید جود گر اوس
وۄ جوٗدٕ ے راٗوِ ارساتھے رہٕلن کیاٗ
قیامتھ ڈولہٕ بس خابا مژر اوس
پدبن تل آبہٕ سَرتس ژینہٕ وٕنی چھا
بٕے پھل سروس قدٕک نختے تھزر اوس

گُمتی گاشس چھِ گتی ؤہی آش راتھ
موٗدُر مس آب زن گوٗمُت زہر اوس
کمن شارن گوٗمُت لفظن چھُ پھیُر از
مُسافر سٕے گوٗمُت بدلے شہر اوس
وٕنِس گاہٕ نزاکت یخ وچھس لوٗگ
دفن گو شوق روشن ہے بشر اوس



تھور ٕچھِتھ زوٗنہٕ راٗژن شراب لگے

وُچھ پگاہ آسہٕ اتھ حِساب لگے

چانہٕ ناوِچ غزل تھٲوٕ نے شیرِتھ دوہے

میانہٕ تھرِ ہُندڑے پُشُتھ گولاب لگے

چھم ہوس گرشھان ووٗنی ژٕ ٹلی ٹارِ وُچھ

اکھ نظر کر تہٕ سیوٚد چھے ثواب لگے

کتھ پگاہ ٲنز تھوکھ شے ژٕ تأبیرِ چی

از نٕے رووُم ٲزھیٖل سُے گولاب لگے

پھری نٕے کأتیاہ ورق روشنو وُچھ ژٕ از

یام آیم اُچھن تل کِتاب لگے



سونہٕ ساأوی پوشن ہُند پھٹولُن از یاد پیوم

سُے آرٕ بلن ہُندگربزُن از یاد پیوم

گۆو ژھایہِ گِتمن ڈیر پۆز مٚیے براأنتی گاأم

ملساوِ مژِ وتہِ ہُند پکُن از یاد پیوم

سن اُلج تہٕ عکس ڈۆل مٚے یارٕز گٔے وٕڈسی

کتھ راأو ، شوقس پہو ہرُن از یاد پیوم

دِنٔی لاف پڑن ما وُڈکھ اسماأنٔی کۆت

من میون سراسر پرُن از یاد پیوم

واوس تہِ زاأنہہ کر یاد پہو افسانہٕ میون

ہاوس مٚے ساأے اڑٕ گۆر ولُن از یاد پیوم

کمہِ آیہِ لیۆکھُم روشنٓو یا وُچھ غزل

انداز کیاہ شارُک رلُن از یاد پیوم



بدل تُمی یہِ وۄن آنہٕ آنے وُچھم
عدل روو سوزُے فسانے وُچھم
گوٚمُت رأسی سونچُک وولُر أنتھٕ روٗس
یُتھُے ہوشہٕ بل وٲخِیانے وُچھم
چھُ باسان شُہُل دود بێیِر سُند مگر
تُمِس بُتھ بدل قأتِلانے وُچھم
خیالو کوٚرُس وٚش مے زنجیر گێ
وُڈُن کیُت تُمِس آسمانے وُچھم

تٔمِس قاۓفہٕ بٔری بٔری ملر چھاوٕ ۂتۍ
وٕزُم روٗد سوٗرے مٕے پانے وُچھُم
صنم سٔجدٕ دیُن کیُت تہِ روٗدُس نہٕ کانٛہہ
پتھر پیٚو چھیٚنِتھ دانہٕ دانے وُچھُم
قیامت پِنگ روشنٛو چھُم نہٕ غم
تسُند جلوٕ نے دید مانے وُچھُم



مس چوو یُس شینکیاۂ بۄرُن سُے زہر چموکر

پھُٹروو صنم تٲمۍ یٚتین بُت خانہٕ نبموکر

ژٕ تہٕ نیر امہِ باژرٕ تہٕ دپٕ لگہِ پھیُر کتھن یکجا

ؤتھی سونچہِ سرس ؤتھی وبستار لبوکر

گُس زول دِوان دراو میانین لولہٕ کِتابن

اسہِ تٔلی نہٕ نظرٕ ے تُج ووٗنی اتھ سام ہبموکر

بدلیوو مِزاژٕ ے تہٕ عکس ڈوٗل نواح بدلوٕ

ٲسی بابہِ پٔرستانہٕ ڈٲلی ووٚں کمہِ رابہِ سموکر

نظرِن تلٕے اوُسم تہٕ یہِ ون گٲمی دِژس مأتھر
ییٚمی جودگرن سجرٕ کوٚرُن تٲسی شاف دِمو کر
سیوٚد سادٕ وُچھِتھ روے نٹمن کھور کمو تام
دۄد تاپہٕ بدن میون اتھہٕ شہلو وتمو کر
ٕگنگرأو تٕمی غزلا یُتھےٚ مے تہِ بوٗز کنن گوم
ون روشنو یم شوق لتس وونی ڈٲلی ٕنمو کر



بدلوٗ سہٕ عنوانٕے مٕے افسانس تہٕ حسر کیاۂ

چوٚن ہیوٚت مگر ژھوٚر گوم پیمانس تہٕ حسر کیاۂ

اُتیٚ شامہٕ ژھاین دِتیٚ یہے بے سوٗد کتھا گٔر

یتھ حاصلس صِفرٕے پوٚرُم سِفرس تہٕ حسر کیاۂ

دٔلی ترووٕ مٕے وُچھ سُے ہمِس دامانہٕ پوشو بوٚر

انہارٕ تل بدلٕے چھُ اِنسانس تہٕ حسر کیاۂ

تھوٚو اَنہٕ پٹھن تُمر لیکھِتھ یی نہٕ پرُن توٚگ

کھٔنز میلہٕ پچھن ناو نِشانس تہٕ حسر کیاۂ

وَچھ بۆ رنہٕ سٕہلابس اگرتٕمۍ کیُتھ یہِ رٕسیُل ساتھ

وۄل پوشہِ ٹۄرِیو ییٚلہِ غزل پانس تہٕ حسر کیاٚ

تٕمۍ قاٗد خیالات گٕرۍ دۄد ہاوسن ہُند نیب

یأغی سپُد اُج زیرِ طوٗفانس تہٕ حسر کیاٚ

وۄشلا کڈو ہے روٗشنو اکھ شام شُہُل گۆژھ

سو تہِ آسہِ کرامات مستانس تہٕ حسر کیاٚ



دامنس وُچھ تہٕ سیماب جرکھ یا
میانہِ باپتھ چھُ نایاب سرکھ یا
پوشہِ مرگن تہِ پھیوٗر تھُنہدے براُنژ
ون تہٕ تھرِ ہُند گولاب ہرکھ یا
چانہِ برٕ تٲری مے براُنتی کاُتیاہ گے
چشمہٕ مژربم تہٕ خاب ونکھ یا
ہوٗل بانگے، مژر تہٕ ہوٗ ہوٗ بس
بارِ اتھٕ ثواب رٹکھ یا

گرٕشمہٕ ژٕنجو شٕتھنوو مے بدن از
پدٕیو پدٕیو وُچھ سراب ترکھ یا
کتھن میانین سہُ گراوِ کرِ ہے
بجر تٔمی سُند لا جواب زرکھ یا
غزل وِژلمت چھُ روشٔنو پوشہِ ٹوٗر یو
بدل تٔمی سُند یہِ جواب پرکھ یا



شمع ژودپونپرِس گژھ روٗز باقٕے
سٔنو کتھِ ما اتھ دِژٕ ژبتھ روٗز باقٕے
ژٕ ہبتہٕ ونواس یٖمہِ بُستی نبر ژل
مٔندِتھ ترأوِتھ سٔدٕر وبتھ روٗز باقٕے
نبس ہیٚون ووٗنت اوُسم تارکن تام
اتھو ما سام ہیٚنٛز کتھ روٗز باقٕے
یٖتیتھ یُتھ شوٗبہِ لوگُم پأتھرا تیُتھ
کسر کمہِ ترأیہٕ ہنٛز پتھ روٗز باقٕے

یمے مُجرِم تمے وٕتھکۍ چھِ رہبر
وُنِن اسہِ پیٚو نہٕ ہجرتھ روٗز باقٕے

برِ ژٔزِس منٛز گو بدل بدٕلے تماشا
پدٕبن آکار ڈوٗل وتھ روٗز باقٕے

سنکھ ہے روشنٛو کیاہ پوٚز اپُز کیاہ
کتھن منٛز چھے کھٕٹتھ کتھ روٗز باقٕے



زُلف شاہمأری تنٛبلِتھ اڑٕلیٚچی گرأے

مےٚ آہٕژ وولسنس چھم لولہٕ بُرائے

تصوٗر چانہٕ جلوٗک یام تھنہٕ پھو

أشِس گو موٗختہٕ زخمن گُل پھٔلِتھ آے

عنایت لِچھ مےٚ سپدیم ژھٕر نظر چأنی

یہِ آدن ڈولہِ اُخرٕ رچھتہٕ دوہ ڈأے

وُٹھن بر جست پھٔلے أنٛج گرأے شبنٛمی

تھٔوِم بر ؤتھی مےٚ چشمن ناگ ووشلیاے

حُسنٕچ چانہٕ زأنم مےٚ پٔز عبارت
ڈاے ٹُل پوشہِ بس پٔری گُلدخ چھکھ ژٕ
راَوِم ناز گو کوٚل ساز شوٗنکِس بےٚ
درامے زٕخم ژٔ پوٚیلہِ تیزاب چھوکن
ہےَ ہےَ کرٕش گاٗنگل تہٕ اڈٕوٗژھ مٔدے
ترٲے گزل پھولنے روشٟنو ڈٔج وٕچھِم



ژھٹھ ناٲفلی پھٕچ سُلہِ آرٕ ژلی

پیأمژ تھرِ ہام چھےٚ ہوش ڈلی

کتھ واہرووُتھ شبنمُی داتھُر

اتھ خابس پیٚنہٕ ووٕنی روٗد چھلی

گٕٹ راتھ چھےٚ وتہِ پۆد پۆد آوُر

پکھ سۆت سۆت وتہِ پیٚنہٕ واو الی

حبس آبس کر چھبس ترٲے بدل

پرٛژھِ پوشِ ہرن پیٚنہٕ کھور ڈلی

یتھ ہوشہِ شُنِس منز سار لبُن

یُژ ہاوس پھۆلی پیٚنہٕ ساز کلی

کِتھٕ روشنہٕ گۆرُم صنم راتس

اتھٕ شر گو گاشس وُرنہِ ٹلی



ِکتھ براٗنٛژ تھرِ تل عالما بدلیوو تِتھے گٔنز
شے ڈٔج توے آکار پدٕبن روو تِتھے گٔنز
ٲلِر تھاؠوی رٔچھِتھ خاب بہارٕکی مٔدٕری تہٕ میٹھی
ہرٕدُن ززُر گو ناٗلی تے ؤہلیوو تِتھے گٔنز
احساسی ونس ژھٔنڈ دٕزٔرم پیہم تہٕ وۄنُے روو
مٔے پوشہِ پتھُر ترٕوو تُمی چھٔکروو تِتھے گٔنز
ییٚٹہِ گۄب گۄمُت شَہہ ہیۄن چھُ رتھ باٗنٛدی وانن منٛز
گٔیہِ پرٛتھ نظر ییٚتہِ تھامہِ وَچھ ۂندریوو تِتھے گٔنز

کانٛہہ شوٗب آیا ون یمن نالان شارن ون
عنوان ڈوٗل افسانہٕ مێیے تہٕ واہرود تتھے گٔژ

ۍژھ ہوٗل بانگے کأنسہِ ما گٔر سأنۍ زٕنہے کتھ
انہار وتن رود اسہِ روٗد کھرود تتھے گٔژ

ووٚنۍ ژأنگی ژأنگی رہن کیاہ تھوکھ ٹھرِ واوِ ہالن بوز
تٔمی روشنو لیوٚکھ اَنہٕ پچہِ مٔشرود تتھے گٔژ



ئِدرٕ غاَب نِشانے ڈ ہتھ آکار رأوی
وق چھُ پارُد کیُتھ رٕسَل اِظہار رأوی
ہنگامہٕ تیُتھ برپا چھُ از محشر سپُد
ؤہ پرٕتھ خیالس ہام لٗج تہٕ سار رأوی
یُژکال گران روٗدی تخیُل تہٕ پوٚز
گیہٕ شوقہٕ وتن پاد ئلی انہار رأوی
تم ناز سپدی ہایہٕ اکھ اکھ ژیُہہ دفن
میٚے لیکھی اَچھر آبہٕ ہے گُلزار رأوی

اتھٕ شر تٔیے منظوٗر، گوٚژھ آسُن شُہُل
پھوٚر سجرٕ وُچھ نظرن تلٕے آثار رأوی
تم لولہٕ ہُتی مُتی خاب تنہا وق ویُہُل
نایاب گو شامُک شُہُل شہجار رأوی
اندام لوٚبُم سار ڈوٗل پرٕتھ کتھِ موٗلُل
ڈوٗل مانہِ شارس روشنٔو وبتار رأوی



یہِ گو صد مُبارک مےٚ اِلزام آسُن
یوہے لول پوٗلُم تہٕ سر عام آسُن
زمانن دیُتُم کیاۂ مےٚ گُلہِ میوٗٹھ وَنتم
مےٚ گوٚژھ چانہِ ناوُک مۄشہُیل شام آسُن
تھوٗنِ گرٛنڈ مےٚ کیاۂ چھےٚ یِمن تارکن ہٕشز
مےٚ گوٚژھ شامہٕ پٲتۍ یار بدنام آسُن
سہٕ چھُم ملرِ چاوان تِمن کیاۂ مےٚ یاور
توے گوٚژھ نہٕ میوٗنۍ مۄژر خام آسُن

حرف پُرٕ مےٚ شوٗقکہ غزل شام تامتھ
لُکو دۄپ دپان أتھی چھِ اِلہام آسُن

کتھےٚ ژٕٹ تہٕ پوشو کنڈٕ ہو توتہِ دۄل روٗٹ
یہِ چھا کم مُتِس پتھ مےٚ بدنام آسُن

أچھن سُٕز چھےٚ باوتھ تخٔیل چھُ جودت
یٚتی روشنٕو گوٗژھ مےٚ گُلفام آسُن



مأنزِ نم تٔمی ہندی ژٕتس پتھ چشمہٕ اَز بر آب گٔے

دارِ بر ترژٕ پرِتھ بہان اُسم تہٕ سأری خاب گٔے

وُٹھ رٕسلی تے چشمہٕ پُر خُمار، رولیس کیأ ونے

پۆز چھُ سوٗرے پۆز ژٕ بوزکھ ڈینشتھے بیتاب گٔے

پرٕد رولیس تھۆد تٔلتہ سیٚدِ بُتھِ مےٚ کٔن نظراہ ژٕ کر

ییتھ وُچھس منز ٕکتی ارمان لولہٕ ۂتی سٔری آب گٔے

ہیجرٕ سٔہلابس بہٕ ژٕھتھس وونی دِتم وصلچ برات

نتہٕ مےٚ چھم ٹٔلی ہان اُجی منز میأنی ارمان آب گٔے

کامہٕ دیوو نامہٕ کأتیاہ سوٗزی مے لیکھتھ دوہے

روشنس رچھ تس اُچھن تل لوٗسی لوٗسی ماہتاب گٔے



ژٕے رۄس تہٕ رُم کھنڈ مٕے تاب آسیا
دوہے یہٕ ماگس شباب آسیا
ہران کوٕ اۄش چھُ از أچھو کنٕز
جران سہٕ نالس گولاب آسیا
مٕے ودۄرِ گیہِ اَز تہٕ برأنتھ تٕمی ہندی
وُچھان سہٕ میأنی ودٕل خاب آسیا
بہٕ گرأ وٕ کرٕہس مگر ژٕ ونتم
تٕمِس تہٕ گرأون جواب آسیا
خبر سہٕ روشن موٕت کمن گو
تٕمِس وتن ہُند حِساب آسیا



وِزِ وِزِ بُتھی بدلاوان رۄدی
وتہٕ نے گنڈی و تھراوان رۄدی
لۭج کس سۭیدِ بُتھِ ناو بُتھِس
موصُم گُل ئیتہٕ راوان رۄدی
پڑتھ وِزِ بۄرمکھ لول تے مامے
پڑتھ وِزِ کھۄکھی تم ہاوان رۄدی
پۭچھ یِہنٕز کانہہ تھاوکھ آش
اَزی اسہِ تم تنبلاوان رۄدی

سورمہٕ أچھن منز سٔدرس جاے
مس ملربن پھٹراوان روٗدی
شا ہمأری زُلفو ییٚلہٕ وۄل نال
اوٚند پوٚک اِد مُشکاوان روٗدی
وِزِ وِزِ تالو ٹشگ بأوِتھ
وُچھ روشنہٕ ازماوان روٗدی



متھِو أچھ ٹارِنۍ پپٹھ شام رووُم

ژٕرے کتھ تٕمۍ ہٕشز تجٕتھ مۍ جام رووُم

لگِم وٕلی گتۍ دُلابس مٕنز ونے کیاْ

پکان شہرس سہٕ پنہٕ نُے گام رووُم

چھۍ پیاٗمژ ہام از وٕتھرن تہٕ پوشن

بہارُک چاو تۍیے کر تام رووُم

دیان چھُس کتھِ بہٕ دِمہٕ ہا پھیُر اما پۆز

پزر گو یی زِ کتھِ انجام رووُم

پبوان چھُم یاد یِوان یامتھ أچھن تل

وُچھان مۍ روشنو اِلہام رووُم



سفر بنہٕ ہے سُہل گۅژھ ہمسفر کانٛہہ
جِگر پھولہِ ہے گۅژھُم اہلِ نظر کانٛہہ
رٔنزٕنی ما تٔگی توے ہاوس چھِ دم پھُٹ
پٔتُن لأرِگتھ چھُ ما شاید ودپر کانٛہہ
رٕنیمژ یاد کتھ کتھِ واٹھ لگہِ ووٚنی
کُنی کتھِ لۅگ نہٕ وبتارس ہٕشر کانٛہہ
چھلان بُتھی اوس شبنم پوشہِ ٹوٗربن
غنیمتھ واو صُبحُک سُے پُہر کانٛہہ

غزل پھولِہ ہے وُٹھن کُمجار کرٕہکھ
ڈلے دۄہ شام تھنہٕ پٮ۪یہِ ہے سحر کانٛہہ

تنٛدوٚرٕچ ربہہ تہٕ گرٕشمنٛز ژٕنٛڈ ویُہُل نب
شکر گُفتار شہلاوٕیا جِگر کانٛہہ

یہِ کُمی تُج کتھ ورق بٔرٕ بٔرٕ ژٕے تھاوِتھ
ہتا اَچھرن ژٕ روشن بر سجر کانٛہہ



زمانہٕ لس تہٕ سمکھِتھ گو سبٹھا رُت
کتھا کرنس یہے ہتھ گو سبٹا رُت
تصور چھُم أچھن تل وُنہِ تتھے کُنہ
ژے تلخی تو تہٕ بخشِتھ گو سبٹھا رُت
کنڈیو دامانہٕ روٗٹ از خاُر میونُے
وُچھِتھ یی پوش وو شلِتھ گو سبٹھا رُت
غنیمتھ دم یوہے تُل ویٚز مولہٕ وُن
چھے ناٹلی ژھٹھ صُبح یتھ گو سبٹھا رُت
گٔنڈِتھ تھوٚو کُمر تہٕ کوٚر زولانہٕ واوس
نظر پاردی چھے تمبلِتھ گو سبٹھا رُت
گٔمتی ہاوس چھِ یاٗغی زانہِ روشن
چھُ منہٕ وُن پانہٕ روٗشِتھ گو سبٹھا رُت



حسر کیٚا روٗد اکثر آزماوِتھ

منڈُن پہو ییٚتہِ سمندر آزماوِتھ

ڈیکس پیٚنہٕ درٕہہ لدکھ حاجتھ غنیمتھ

برُنڑا ، پُٲرا ہلم بر، آزماوِتھ

سپز نظراہ دِلچ باوتھ قیامتھ

سپُد سورُے یہے کر آزماوِتھ

جِگر شہلوو نتہٕ کس تاپہٕ کرٲیو

ڈیکس پنہٕ نِس مژر پر آزماوِتھ

سپُد بامل یہِ کینژھا تھوو نٔزرِتھ

دفن کٔری کٔمی پنٕنۍ شر آزماوِتھ

سفر آسان سپدبم پکھ مے ہٕتمن

سٔہل بنہِ ہے یہِ منظر آزماوِتھ

دِژکھ نرِ پیٚتھی آمتہٕ باگہِ روشن

کرُن پیٚو تی سرٕ کھرٕ آزماوِتھ



وتھ یارِ شٕہج ستھ پٔدِس پٔدِس
وُچھ شامہٕ شُہُل یتھ پٔدِس پٔدِس
ون چھیٚپہِ منٛز گاشٕچ لےٚ گیہِ بوٗد
دوٗد ژانٛگمن ییٚتہٕ رتھ پٔدِس پٔدِس
رتہٕ دأوی سپدی کم نوزُک پٔدی
ییٚلہِ ترأو پتھر لتھ پٔدِس پٔدِس
یُس راتھ مےٚ ءستمن ءستی پوٚرُکم
سُے روٗدُم از پتھ پٔدِس پٔدِس

وۄلہٕ وۄشلاوو وِرِ وارن دِل

وُچھ سوٚنچ باوتھ پٕدس پٕدس

میلہٕ پچہٕ نے پیٹھ اُس لیکھِتھ وۄنی

بٔش میانی اکھ کتھ پٕدِس پٕدِس

ترٕم ساتھ مُشِہلی ، پوٚشلی وۄنی تراو

ییٚنِتہٕ روشنہٕ چھے رتھ پٕدِس پٕدِس



اِلنٛی لگی مس ملر کٲژ تام اثر گو
شُکُر ووٚنی توتہٕ از کٲہہ تام اثر گو
کری باوتھ تیٚشز نٲز رِتھ ژٕ رے گُس ووٚنی
بدل باسان مٕے چھُم سوٗرے شہر گو
کتھن میچھر وُٹھن گُمجار، مٲدر زیوٚ
وچھس گرمی وُچھِتھ اِنسان بشر گو
تھبکان کتھ چھُکھ دوہے ون یم رٔسلی جام
مٕے کیُت شاید متیوٗ عرفان زہر گو

غنیمتھ وُنہِ تہِ چھے چشمن سندر سرٛہہ
تھسکنٕز لایق کتھا تُل اَکھ پٔہر گو
تراوتھ سونتہٕ واوٕچ کیاٗ وُچھِم لتس
ستے گز آسمانا اسہِ قٕہر گو
گوٗژھُم نا سایہِ چانین زُلفنٕے ہُنٛد
نواح بدٕلے وُچھِتھ روشٕن پزر گو



وٕڈُسی گیہ نِغمہٕ وُزناوس ونس کیاۂ
شُہُل شبنم مٲلِتھ تھاوس ونس کیاۂ

چھُ ڈٲہرِتھ داتھُر ا یادن ہُندُے ووٕنۍ
لٲگِم ارمان کم داوس ونس کیاۂ

کھٲٹِتھ تھووا پٔنُن عاۂرق ژٕ ون تٲمۍ
بہٕ ءمژرِتھ وچھ نوٚنُے تھاوس ونس کیاۂ

شہر انزان وتھ خلوکھ گٲٹِس گرٛز
اگر موٗنُن سیوٚدُے ہاوس ونس کیاۂ

تِمس آگاہ موُکل آکاش موچھِ منز

دِمس آلو لگس ناوس ونس کیاہ

کتھا موصوم تُل ڈل شوقہٕ پھولہٕ ہن

بُچھان چھِم کأنچھِ مِتۍ ہاوس ونس کیاہ

چھُ ژٕہرِتھ پان ییتہٕ رٕمیٖ آرکی پأٹھۍ

غزل روشنن تہٕ ہاوس ونس کیاہ

نوٹ: رٕمیٖ آر چھُ شوپیٖن تحصیلُک اکھ بوڈ بارٕ نالہٕ یُس گُنہٕ گُنہٕ میلہٕ وادن پھلِتھ چھُ۔



واون ڈُو چھٲکرِوو سفر

ٹھۄر وتہٕ لۄگ اسہِ روو سفر

نہہ گٹ وتھ ژٕمی تھاو نٲشتھ

گاشِری پٲدی نٔژ روو سفر

سن ژٲج یارٕز، شوق وٲٹسی

یام سپُد ڈٲلی تروو سفر

شینہٕ ٹیکمن وچھ ہٲندرٕہمتی

شِٹھنیارن وُشنوو سفر

ہبڈنس لایق تس کر گۄو
مۍیے ون کٲمی نٔشرود سفر
کتھ ؤژھ کتھِ یہٕ راوکھ اَز
گزلن مۍیے پھٲلرو سفر
یأغی سپدیوو شامُک خاب
روشنہٕ کوٚ وبترو سفر



ؤُژھ نظر اِد پھۆل وُچھکھ سنگلاب ہے

ہوشہِ حبسہٕ وبسریوو دِل بے تاب ہے

شامہٕ بروٛنٹھے جام گۓ ژھٔری دِگرنے

فِکرِ ترِ کس میون دوکھ رگرداب ہے

وُنہِ رٔپھِتھ تھٔوٕمژ مےٚ اکھ پرتیتھ اَس

حاَرتھاہ گوٚڑوروو پھولہٕ وُن خاب ہے

اۆش ژھٔٹِتھ کنہِ پِل تہٕ نتہٕ وبگلیوو کر

چھِے غزل یوٗشن وٕلتھ بیتاب ہے

یام ہیوٚت سمکھُن خیالن لۭج پھُلے

وأنسہِ اۆش پنہٕ نۍ مےٚ چۆو خوٗناب ہے

وشفِنے گۄہ تام از وُپھلیوس من

وُچھ تہٕ روشنہٕ کیُتھ سیکیٖل ساَراب ہے



نظر نظر ژہان وُچھم
غمس ملر ٹلان وُچھم

اَسان ووُنن بِگنڈن مے گوٚو
پزی یہِ وق ژلان وُچھم

یہِ وہنہٕ دوہے مے ژوپ نا
عکٕس تمِس ڈلان وُچھم

ونگن چھُ بستی ین تہٕ شاف
ملُر ملُر الان وُچھم

مے باگہِ آو کنُو شہر
سو تاپہٕ ژٔنڈ زُوان وُچھم

تمِس یہِ زیر لٔج غزل
گہے لکھا پران وُچھم



سکوٚنچ وٲژھ کتھا از یام مندِنین

سوٚرُم گومُت چھُ ءکتین شام مندِنین

رٹن پیوٚو واوکومہِ ژوٗل ژھایہِ ہوٚل ہوٚل

یہِ کھٲڑ کھٲڑ تھوو تی گوٚو عام مندِنین

اَسُن چوٗنۍ وُٹھن پھُلیاہ سراپا

وِسان تیٚلہِ اَسی نا دوٚدِ گام مندِنین

مُدے، مستی، مُژھ یارٕز، شٕہج ذاتھ

سو یاون مُژ کھسیا بر بام مندِنین

نواح بدلے چھُ رنگ بدٕلے وۄجوٗدِ کی

روٗپٕڑ بُتھی چھی گژھان زن ترٲم مندِنین

پزر گارُن سفر وُچھ روشنو ءکتی

ژھٲنڈِتھ ترٲوِم شہر کیو گام مندِنین



وبہہ نبٕنگلوٗم وُچھ سفرٕے یوت
تھہہ ییٚنہٕ روٗوم وُچھ سفرٕے یوت
یتھ سونچہِ سرس مٔز رَو اپزٕیک
ووزٕبے تھوٗوم وُچھ سفرٕے یوت
پرٛتھ برٔگس ٲلجمٕژ ہام مگر
دیہہ منسوٗم وُچھ سفرٕے یوت
آکاشٕی وُڈُن کرِ تٔمی سُند کیاٝ
پرٛگرم دیوٕم وُچھ سفرٕے یوت

ئُج گاٹِہ وِتھج راش تُمِس

اِ ازموُوم وُچھ سفرٕے یوت

دِوٕ شامہٕ شُہُل مےٚ تہِ باگہِ تیم

تیُتھ ورتووُم وُچھ سفرٕے یوت

روٗشنس وُچھ قلمس ترٲے بدل

اِ لیکھنوُوم وُچھ سفرٕے یوت



آکار نٔشِتھ پوٚد سہٕ نٕہوِتھ تھوو ٲمی

اوس فریمس منٛز سہٕ بُت للنوو ٲمی

راۆ تہٕ پوشن یُتھے لٔنجہِ واو لوٚگ

تس گُلالس داغ وُنہِ ووزلوو ٲمی

یادِ ووٗترِس پھیُر، اِدٕ تھنہٕ پہو غزل

من چھُ پارُد چھے وُپھان وُپھلوو ٲمی

مالہٕ ٲری ٲری تھو خیالن میانہِ نٕبے

سٔجدٕہ دی دی ون صنم وُزنوو ٲمی

ہاوسن لۆگمُت ہۆنڈُرپہوٚ درۄگ سبٹھا

لول ییلہِ پنٛدریوو پتہٕ وُشنوو گٔمی

جاأدی ہأنکل نألی گأمژ تیغ دار

میانہِ وتہِ شہجار وٕہی بُچھنوو گٔمی

جود گرن سجٕر کۆر مأتھر دِژٕن

جوش فریمس منٛز برِتھ دفنوو گٔمی

وق کتھن تأبین رؤدا کأنسہِ وَن

روشنو سٔدرس یہِ وَچھ چھوکنوو گٔمی



سجٕر گرٚی ماۓتھر دِژٕن تہٕ باز ڈۄل
یُس گۄرُم تصویر ئُے اِدٕ گوم ہۄل
شبنمن شہجار کۄر سۄنٛگنیار پھیوٗر
نافہٕ تٔہہ واوٕچ پھۄجم ییٚلہِ شام ڈۄل
ؤہہ ژٕہتھ نگھٕری ٹُل سفر مێیے زیٹھِ زیوٗٹھ
تس گوسائنِس پأری دیُتنم سوٕر پھۄل
ژھایہِ گتٕی براشٹمن دِوان پھُٔری پھاہ دُچھم
آو گُس زن سون گُس کُس دوٗر ژۄل
أنہٕ پٹہِ نٕے پٹھ لیکھتھ تھاوکھ ژٕ کیاۂ
غمزٕ رمزوٕ ہے غزل روشنوٗ وۄل



ۆژھ نظر پۆد پۆد سفر ووٚنۍ پۆزٕ پأٹھۍ

پانہٕ ہٕے روۄم ہشر ووٚنۍ پۆزٕ پأٹھۍ

باوٕ نے لتس رۄدۍ ما شاید خیال

چھُم اوے باسان ووٚپرٕ ووٚنۍ پۆزٕ پأٹھۍ

برأنٛژ رٕژٕھران رۄد اَسہٕ، آوٗر وۄ جۄد

ہاوسو بٕچھُمت شہر ووٚنۍ پۆزٕ پأٹھۍ

تھأوۍ گونماتو غزل یێتہٕ شیرٕ نے

وۄن دِنے رأوِم اچھر ووٚنۍ پۆزٕ پأٹھۍ

اۄبرٕ مٔژۍ کم ذال کھألِکھ آسمان

پھۆلی نہٕ آشن ہٕنٛدۍ سگٕر ووٚنۍ پۆزٕ پأٹھۍ

پیۄٹھ چھُے گُفتار تھو اَچھرن برِتھ

روشنٕو سن وارٕ پرٕ ووٚنۍ پۆزٕ پأٹھۍ



ژُل کتھا سنہٕ وٕنی تہٕ بیہہٕ ٹھُہراو کر
عشقہٕ سوزس دار کن موکلی نظر
ٔکتی وُپھلاوِن جنوٗنس زیر دِتھ
شامہٕ ژھاین ٔگتی گُیم تس چھا خبر
شوقہٕ ڈل برٕ گو ہوٗس پیٚیہِ نا چھوٗنتھ
داغ للنا وُن گُلاس روٗد شر
ہوشہٕ سرٕ کی سوچنکو میزانہٕ ڈٕلی
پھیُر دیُتُم لفظن تہٕ مِصرس ڈُج بجر

واو موچھِ منز قاۘد کۄر آکاش ژھۄنڈ
کیاہ کرکھ وأران لربن چھِ نہٕ دارِ بَر
غأرتھ گو یُتھ زِ کتھِ وبستار ڈۆل
پانہٕ ہےٚ باسبو مےٚ کیاہ ہتامتھ لوٗژر
تاہ گأرِتھ تھاوکھ خیالن گیٚڈ گأرِتھ
گو نہٕ سونچس روشنو وُنہِ کانٛہہ اَثر



بدلِ بُتھِ گو سہٕ بدلے دراو أَخر

کۄرُم یتھ توبہٕ تی بُتھِ آو أَخر

چھِ آدن واوِ رِنگ گۄژھ خاب رٔژھرُن

پتۄسٔدرس چھِ ڈولان ناو أَخر

وٕجس گُمٕ مُشکہٕ تن زانٔہہ ما سٔیو اَتھ

کنڈٕبو منزٕ کھۄت گولالس باو أَخر

گٔمِس دگ گُمٕ سو للنأوذأنی پنہٕ نی

یہِ گو شُمشانہٕ وأراگ ترأو أَخر

نبس تھوٗم شُمارا تارکن تام
سنکھ ہے توتہٕ چاًنی گرأو إٔخر

مہ سن یِنہٕ شَہہ ژھوکی وأنا کھونہٕ منٛز
کتھو مو کر اَتھو کبٛنہہ ہاو إٔخر

ورق بُری بُری ژبتس کیاٗ روٗد روٗشن
یو ہے خابس انٛدر وُزٕناو إٔخر



دۄ پنم جکھ جکھ جکھ کر تام
اَمہِ کتھِ ٹُلنم دبکھ کر تام
پنہٕ نے کُج ودتھ کر کینژھا
کتھ ڈُلہٕ ژھُنہٕ مژ چھکھ کر تام
تتھ بستی پھۄل سۄزہٕ ے سۄز
پٔے ہس پٔے ہس سکھ کر تام
سٔدرس گاٹہٕ مژ ہمبرٕ چ باش
آگر ہۄکھی ؤژھ کزکھ کر تام

وُنہِ چھا دفن سو کرٕنے لاش
تتھ اوس دیُتمُت نگھ کر تام
شہمتھ پھٕر، تس ونہٕ نُے روو
فلکن کھٕرٕشٕ مرٕش کرٕکھ کر تام
روشٕن تُمی ہشز براٖنتھے ترٲو
دفنوو ژیُہہ اکھ اکھ کر تام



پانس کیُت ئلہٕ تھووُکھ ناو
نہنووُکھ، منسووُکھ ناو
پێتہٕ کٔڈہِش اَسہِ وأنسا اُس
تتھی شہرس بدلووُکھ ناو
پرزنتھ پنہٕ نی کھٔژ کھٔژ تھاو
کنہِ کنہِ کۆڑ دفنووُکھ ناو
مُجہِ پێٹھی مِلہٕ ون گُمی تس دِژ
کھٔنی کھٔنی کنہِ لبھنووُکھ ناو
پتھ کُن کینْہہ ما پرتیتھ روٗز
لیکھِتھ تے۔ نہنووُکھ ناو
سونہری ورقن پێٹھ روشن
لفظن ہُند گرٕ نووُکھ ناو



سمکھُن گو دُشوار مکت شٕچھی تھاوان اوس

یادٕ بلیچ وُنہِ اکھ اکھ یاد تہٕ پاوان اوس

تنہِ مُژرِتھ لوٕ ٹوٗری چھِ صبٕچکی اَسہٕ ناوان

جام اتھن کبتھ بٔری بٔری شبنم چاوانم اوس

لوٗنچہٕ گٔنڈِتھ وق تھووُتھ ما بیوٚن ژھایہِ گتبن

قاٗد گٔرِتھ موچھِ تھوو گٔمیوٗ وٕہر ہاوان اوس

ژاٗنگی ربٔن پوٚ لیکھُن سمیک ویہُل عزاب

گاشہِ لیوٕ مژٕ نیٔندرِ امارن ساوان اوس

اچھرن بخشتھ مانہِ مُرتھ تھوٗڑو شیشہِ پٹھن
خام خیالن چوٗنہِ ڈیکس جرٕ ناوان اوس
پڑتھ انڈٕ باہر شوقُک یاوُن دفن گوٚمُت
چانے امہِ انمانہٕ مےٚ دِل رنزٕ ناوان اوس
اکھ اکھ ہجرٕچ راتھ أچھن تل ڈُلہٕ گُنڈی دِتھ
روشنؔ اتھ ینام رٕچھِتھ ورتاوان اوس



گٲژھِتھ خود سر شابن کۆر یہٕ ہٹھ از

نواح بدٕلے سپُد لٲج رِکژھ یہٕ ژھٹھ از

ہوا تۆر باغ یُتھ موسم بدل گۆو

نۆوُے آگاز لۆگ بُترٲژ پیٹھ از

بۆے مٔنزل رۄد سفرا ڈولہٕ وُن ہیُوٚ

لۆتُے یتھ واوٕلِس داتھُر یہٕ وٹھ از

پھٲلِتھ پیہم وُنیب، ریشِٕلی گٔنڈِتھ ڈٲری

نیٚتیمن یِژھ مأتھرا، پۆد پۆت ژٕ رٹھ از

گربن دون ہُند سوکھ بٔنے پڑھ تہٕ ہرسوٗ
عکٕس أنگ گٔٹیٖل کرتب تہٕ کرٛٹھ از

شہٕج شبہلتھ نٕمرٛ ہے اۆبرٕ ژھایو
صُبٕح تھرِ پٹھ نظارن ؤژھ یہٕ نٹھ از

عزابن پہوٚ لٔبکھُن نتہٕ روشٔنو کیاۍ
ہوس گٔلی گۓ تہٕ سوخنن وُچھتہٕ ژھرٹھ از



بۆرُم گوڈ ییتھ ہوس کۆر پھِٕ سہٕ تراوُن
مےٚ پھِٕ ڈٕل شوقہٕ پھۆلُمت راوِ راوُن
رٕہتھ گومُت خیالن ہُنٛد سبزٕ ون
دِلس لٲج گرٲے کس چھُم آنہٕ ہاوُن
مُہتھ نیُو گٲمی سگٔر مالن سہٕ وشلُن
کھٕٹتھ ہے تھۆو گُلالو پیالہٕ چاوُن
کتھا تُل ودلہٕ سفر ڈلہِ شامہٕ برونٛٹھے
سہل بنہِ دوٕ شُہُل ییِہ باگہِ چھاوُن

زمینا آسمانا تس چھُ تابین
حسر کیاہ روٗد پھِرِ پھِرِ آزماوُن
کِنن والیا مہ کِن سرِ بازرس منز
تھکُن لایق یُتے سرمایہٕ تھاوُن
رٹکھ روشن ژٕ موچھِ منز سوچہِ سر کیاہ
یہِ گو ٹلو آبشارن سیر باوُن



تھٔوِم ٹھرِ ژأنگی گاشری وتہٕ گُہٕل پھو

بۆرُم سگ امرتبس تتھ گو زہر چھو

ابیاگت رؤدی کرٕ ڈٔلی ما رؤٹُس دؤل

سٔدرٕ ہوشُک رؤٹُم موچھِ یام وولبو

کھورن مۆرِتھ گٔرِتھ گو گرأس شوقن

أچھو أچھوٕے ژؤلُم زن شین وبگلبو

درس لجہِ أچھ وُچھِتھ تم ناز رأوِم

ہوس چھوکہٕ دأوی اۆش کیأ موختہٕ پرزلبو

لوٚبُتھ گُس لاس نکھ دِتھ لاشہِ پنٕہٕ نے
دیُتُھ زُو رشۄ پنٕہٕ نُے آے سوربو
ڈٕہتھ وٕتھی راشہِ مرگن آشہِ تھرِ پوش
نبس ہیوٚن ووٛنت اوُسم ژیُہہ بدلبوٗ
ژھوکیوو شَہہ ہنظرِ پھٔرٕ متی سجرٕ کأتیأ
سنُن روشننہٕ ئلیٖ دِل کتھ مےٚ تھاربو



شبابس رنگ ڈۆلُم آدن مےٚ روۄم

بہارس کر پھۆلُم آدن مےٚ روۄم

نظر ژٕل سجٕر گرٕی دُچھ جودگارو

ڈُبکس پنٕہٕ نِس پۆرُم آدن مےٚ روۄم

ڈلن وأتِتھ چھُ حبس تتھ آگرس نِش

یُتھے سۆنچُم سۆرُم آدن مےٚ روۄم

وُٕتِش لۆگ ژھٹہٕ چھےٚ پیڈان ہوش زألِن

یہِ رنگ خابن بۆرُم آدن مےٚ روۄم

مٔنزِل نا بۆذ گو نظرن سفر رآہٕی

کتھےٚ ژٔٹ تُمی ڈۆلُم آدن مےٚ روۄم

ژٔبتس پہٕ یام وُچھ آفتابہٕ کوٚہی

رزن کھوٚت شَہہ وۆلُم آدن مےٚ روۄم

لکھان روشٔن احساس کوٚڈُن واش

شار شوٗرُم گوٚرُم آدن مےٚ روۄم



سالتس چھُ کریشن سالتس چھُ پرارُن

دادس چھُ واتُن سورُے چھُ ہارُن

سٕز روٗدٕ گرٕ گرٕ سامانہٕ ڈینٕشتھ

درِ دس یہِ لاربو تی مالہِ تارُم

رُم رُم چھُ دزٕوُن ژیُہ ژیُہہ چھپ تیوٗنگا

گیُت گو تہٕ شہلِس تاپس چھُ کارُن

چھوٚن پہو تہٕ اپزٕ ے پوٚد پوٚد چھُ منزلس

ہٕشنے پیٹھو پیٹھی تہٕ نتہٕ پان کھارُن

تٔمی پرُژھ نہٕ مانے حرفس ونس کیاٚ

دسگاہ نہٕ روشن ژٕ ے کنہِ منز چھُ ژھارُن



ڈٕرِتھ چھا کینٛہہ زِ یتھ پٹھ ہوش تھاوے
بزرگو یِ زِ ئنٛرِتھ آزماوے
جُرِتھ واوس تھوکھ یم شوق رٕتھ سأ
قرارس سوچھ کریا پاُرد یہٕ ہاوے
سبز زِہی یادٕ ڈٕترِس منٛز اویزان
چھُ تصویرن اندر موٗت سونتھ ہاوے
وۄجوٗدس نکھ مُرِتھ اُدری ہوس چھم
قیامتھ ڈولہِ ڈٕنٛدِل رٕتھٕ یہٕ ہاوے
گُنڈِتھ ڈٕری وُچھ چھُ اکھ اکھ ژیُہہ قلاین
چھُ واوس تھہہ نہٕ کتہٕ نس ڈیٖر تراوے
تصوٗر روٗد ڈنجہ پوٗز روشنو از
مُصوِر چھس نہٕ کانٛہہ شکلاہ بناوے



تۆ نبوٗربن کھٔرٕ چھٕے پارے أگرٕ نگٔرٕچ

دِوان کھنڈرن چھِ وٕنی مٔرٕ میانہِ شہرٕچ

ییٚتِھن اوسٕے ژٕے لۆ گمُت تھکھ کرِ تام

یہِ چھٕے سوے بوٚنی یوسہٕ از میانہِ پرژرٕچ

ژتبس پأوِم حرف کنٛہہ یادٕ بلہٕ کی

لیٚکھِم یم شار چھِ کتھ لولہٕ مژرٕچ

یہِ فُتوا چون دیُن ون کأنسہِ کرِ کیاہ

ژھربن گگرایہِ نے چھا آش قطرٕچ

مہ سن روشٕن تہٕ پکھ ، ہم ہم دِوان وُچھ

گٔژِس موکل پتے کل تھاو سحرٕچ



افسانہٕ لیکھِتھ تھوو اتھ عنوان بدل کٔمی
وٕہی زہرٕ کولن سۆتھی دِتکھ منسوو عدل کٔمی

تس یاد پیو نا زانٔہہ تہٕ مے آب وۆن پیوم
وِز وأژ ییلہٕ میأنی تہٕ اِدٕ نہنوو کٔدل کٔمی

وُچھ بالہٕ تھونگین پیٹھ بُستھ وأرانہٕ شہر میون
تس پادٕنے تل تھوو پھولہٕ وُن سرٕو صندل کٔمی

مے تہٕ چوو پِنٛز ٕکنٛز گُتُل رس لوٗگ نہٕ تمِس زانٔہہ
مے ہانژھ اُلجم کٔر یہٕ وتم جنگ و جدل کٔمی

تٔمی روٗچھ نہٕ ہوس یخ کوٗرن روشنٔو وَچھ میون
اَتھ شیشہٕ محلس چوٕر کٔرِتھ تروو یہٕ پل کٔمی



اَچھ اندر لوٗسم مگر کتھ چھُم ژتبس
ؤری یہِ وادن ہُند سفر وتھ چھُم ژتبس
نظرِ ڈؤل شمع یتھُے بُتھِ واو پیوس
پروانہٕ ہے یوٚ دژھینٛ تہٕ پرگتھ چھُم ژتبس
شاٗلی تارکھ سانہِ ڈبہِ تل وعدٕ چون
زانٛہہ دِژاَتھا ژھٕر نظر کتھ چھُم ژتبس
سرٛہہ نہٕ چشمن دود کس ہاوو ونو
باگہِ آمُت چھُم ہجر ستھ چھُم ژٕتبس
تم سبٕز ژِہی روشنٖو ژھبنہٕ ریٚشی گٕمتی
نظرن تلٕے اکھ اکھ پٔہر وبتھ چھُم ژتبس



پۄد تھاوِ پتھر واو مُمکِن چھِنہٕ کتھ
تس نیب پرٕزھکھ کیاہ سہٕ راٗوِتھ پزٕ چھُ وتھ
دیُت خوٗن جِگر چۄن یمو از چھُ اَچھن تل
یتھ پاٹھی شمع چھُ کران پونپرس پتھ گتھ
اتھ سونتہٕ کالس ییتِ گلی ارمان اَسنہٕ لگی
وُچھ شوقہٕ تھربو ییتھ چھُ واہرووُمت یہٕ پتھ
جزبات گئے وٕٹسی تہٕ سفر راٗسی وتی گو
گو ورقہٕ ورقہٕ لیکھتھ یہٕ افسانہٕ راٗو کتھ
ترووُے نہٕ ٹوٗری اُسن ودن ہُتھ سونتہٕ گُلس پتھ
آہو چھِ باگہ، روشنس یہٕ ہونہٕ پیتو وتھ



حرف آسہٕ نأوِم تہٕ لیوٗکھُم غزل
لُکن باسہٕ نأوِم تہٕ لیوٗکھُم غزل

مرحم چھوکن کُس ہُرِبم پایہٕ بڈٕ وَن
کلی لاسہٕ نأوِم تہٕ لیوٗکھُم غزل

گوٚمُت بارہا چھُم بر منٛدِنبنے شام
ہوس شوق سأوِم تہٕ لیوٗکھُم غزل

زأنم نہٕ ببن زانہہ کوٚرُکھ مانہٕ بدلے
تم تیر تہٕ ژألم تہٕ لیوٗکھُم غزل

تھلہِ تھلہِ چھُ روشن وُچھان سونتہٕ ٹوٗربن
اَسان چھِنہٕ ووں ہأوِم تہٕ لیوٗکھُم غزل

# وٕژُن

نہ ییتہٕ کانٛہہ یار نے غمخوار یارو
یہٕ دُنیا بُچھِ وُنے شاہمار یارو

لوٗکھ ما ہوشہٕ روٗس کھنٛڈ ہار یارو
یہٕ دُنیا بُچھِ وُنے شاہمار یارو

بنوومُت وُچھ یہٕ دُنیا پایہٕ بڈٕی کیُتھ
لمان ہوٗنزِس ژھوٹان راہٕ دے گرٛہان لیُتھ

دِوان اپزٕے پزِس پاُزار یارو
یہٕ دُنیا بُچھِ وُنے شاہمار یارو

گرٛہان لوٗکھ سوٗنتہٕ کالس مس تہٕ مدہوش
وسان مدٕ ہرُد وأتِتھ چھکھ ڈلان ہوش

مُتِس ماگس چھُ پتہٕ لیڈریاُر یار
یہٕ دُنیا بُچھِ وُنے شاہمار یار

کھوان افسوٗس اِنسان ییلہِ نہٕ پزٕ تو
ڈُان اسمانٛز سُے تیٚلہِ ییٚلہِ نہٕ شوٗبس
کرِنٛ گرٛژھ ژھوپہٕ کری گُفتار یار
یہِ دُنیا بُچھِ وُنُے شاہمار یار

ہتن زاگان بأیس بوے پنہٕ نُ
کُلِس گوڈٕ رب کران ہمسوے پنہٕ نُے
تہٕ منٛدچھاوان رشتے دار یارو
یہِ دُنیا بُچھِ وُنُے شاہمار یارو

لگِتھ پتہٕ پتہٕ چھِ ییٚتہِ شأہی تہٕ دیارن
کٔیسرِ تٔلی پونٛز پلہِ ناوان یارنو
نان پانس چھِ ذہب دار یارو
یہِ دُنیا بُچھِ وُنُے شاہمار یارو

رلاویوم دِل پئن ہے یارٕ سے ستی
اما روٗشتھ ژوٗلم گرٕ نم مے فند کتی

رٕٹتھ بیوٗتھ کیاہ پتاہ کوس غار یارو
یہٕ دُنیا بُچھِ وُنے شاہمار یارو

مے چھو خوٗن جگر دِل خستہٕ گومیون
دپیامس حال باوے یتہٕ ژیُہا سون

دیتٕن کنہٕ ڈول یہٕ گوس بیمار یارو
یہٕ دُنیا بُچھِ وُنے شاہمار یارو

چھُ ژاپُن نار دُنیا پرٕزناوُن
زہر امرتھ ذأنتھ عنبگلاوُن

ونان روشن چھِ اُتھی سمسار یارو
یہٕ دُنیا بُچھِ وُنے شاہمار یارو

# ریٚشی وٲر

یٚیتہٕ لول وُزان چھےٚ نہٕ تٲر ہسأ
پیٚر وٲر ہسأ ریٚشی وٲر ہسأ
بُلبُل اُتجہ یٚیتہٕ وٲر ہسأ
پیر وٲر یہٕ چھہٕ ریٚشی وٲر ہسأ

کوہسارن منز سُندٕ بون وطن
شہجارن ہُند رمبہٕ وون چمن
سورٕچ چھےٚ درشن دٲر ہسأ
پیٚر وٲر یہٕ چھہٕ ریٚشی وٲر ہسأ

ناگہٕ پوکھربن تے کولہٕ رادن منز
تن شہلاو گرٕھ آبشارن منز
دگ دود ژلی بنہٕ خٲر ہسأ
پیٚر وٲر یہٕ چھہٕ ریٚشی وٲر ہسأ

یہٕ چھِ جاے فقیرن سنتن ہنٛز
تپہٕ رٮ۪شن متمن تے سادن

ہنٛز بدذاتن اِتہِ بیوٗٹھ پأر ہسأ
پیرٕ وأر یہٕ چھہٕ رٮ۪شی وأر ہسأ

ییتہٕ سبق للِ دیُت مِلرٕشأرک
نُندٕ رٮ۪شی بجر ہوو یکسانٛک

وِزِ وِزِ پھُٹ ظُلمس کأر ہسأ
پیرٕ وأر یہٕ چھہٕ رٮ۪شی وأر ہسأ

ییتہٕ موسم ہاوان بیوٚن رنٛگ
سونتُک حوٗسن تے شینٛک جنٛگ

ہردس پھولان کونٛگہٕ وأر ہسأ
پیرٕ وأر یہٕ چھہٕ رٮ۪شی وأر ہسأ

اتھ باغس روشن رنٛگہٕ رنٛگہٕ پوٗش
چھُ نہٕ ژٹنُک اتہِ رٕژھراونُک روش

ووپرس چھِ أتی پرٕ ژ ہ گأر ہسأ
پیرٕ وأر یہٕ چھہٕ رٮ۪شی وأر ہسأ

# عفوٗ خو دایا

شہر عجیب

ژٕ نہٕ کانٛہہ تہٕ بہٕ نہٕ کانٛہہ

سأری پانس پانس

الزٕن پلزٕن

پھوٚ بالہٕ اپاری

ییٚتہٕ چھُ نہٕ روشی

سلام گری تو.......... کیاہ باگوٚے

ژلنٛچ باہٕر.......... زُونس لار

اکوٚ ہمہٕ صدی منٛز

مرنس نہٕ فرصتھ .......... عفوٗ خو دایا

ہینہٕ چھس آمتہٕ.......اُتھی شہرس منٛز

عفوٗ خو دایا..........!

گندنک درہ کنگ

ییکہٕ وٹہٕ ووتھنگ

یِکہٕ وٹہٕ بیہنگ

اَسوٕ نہٕ ہونجہِ اِدٕ

ئژھیٖل وٕدٕ ہارا

کارا بارا............ رُت دربارا

شونگہٕ ہاباہ ترٛکھ.....، ووتھٕ ہاکھارا

گُہُل وِرِوارا..........موٗت شہجارا

اَسہِ گونیرِتھ..... عفوٕ خو دایا

شاپوٗئِلیٕ متی....... گٔنہد بۄ پاپوٗ ؟

کوتاہ ژاپو....... کوٚت کوٚت ویاپوٗ ؟

سِیاہ منوش ...... سِیاہ چھِ واُلنج

سوچ سِیاہ چھُکھ........ نظر سِیاہ چھکھ

سِیاہ وردن ناٗلی چھُ شہرس

عفوٕ خو دایا

# نظم

کوتاہ کال گو
یتھ نوٕ اٗنِس اندر
وونی چھہِ بس ہاٗل
گرٛشمہٕ ژٕنجہِ منز تہٕ
بونہِ شہجارٕ کی تسلا دِوان پانس
کٔرِ دٔیلی گٔے
اَماپۆز
وُنہِ تہٕ أچھن تل
تم سبز ژِہر
یادٕ وٕترِس منز اویزان
تصویرن اندر رموٗت سونتھ
سوسور کچ حوٗرٕ پٔری
وُنہِ تہٕ شیرِتھ پرِتھ
رنٛگابرٛنگی چوٗنہِ جُرِتھ

سگرن تہٕ کوہن منز باگ
ہلچہٕ کرٕنی کولہٕ راد
وبتھ، لیڈر، سبنڈھ
ویشو، رٕمبہِ آرٕ تہٕ ٹونگر
کوچھِ منز للوانٕ
یادٕ دُترِس پھیر لگتھ اوٗترے
ہہٕ گوس بونہِ بلس منز باگ
کھیر بھوانی بوسہٕ دِنہٕ
کوکرناگ، وبتھٕ ووٗتُر
تتھے کنی
تریشہِ ہتمن تریش ہوٚ مراوان
شمبن ربتن گرٕزٕدٕن واسک ناگ شولہٕ ماران
شیٖیہٕ ریتی ہرٕ دٕبیٖیہٕ واپس گرٕھتھ
پُتن قوتوٕن جاٗری تھٔوِتھ

اماپوٚز
رٕمبہِ آرس زن تہٕ من گھلیومُت
وبتھ زن مُدے گنڈِتھ
کس تام ژھاران، وو شلیمٕ ہش
مُتی، ملنگ، ریٚشی
ہنیہِ زن چلس ژاہمتی

# خابس منز خاب

سہٕ پیوم بُتھ
رۆٹہٕ نس کومہٕ
أشِس ئِج دار
مےٚ تہٕ آوبگھ

تہٕ

اکھ أکِس..........
آرٕ ہٕرو چشمو
تھلہٕ تھلہٕ وُچھان
تنہٕ گوسمیا
ینہٕ أسی ژھبنہٕ گےٚ
یِکہٕ وٹہٕ پژ تھیمتی
رگنڈُن یِکہٕ وٹہٕ
ژاٹہٕ ہال یِکہٕ وٹہٕ
ڈلہٕ مِلہٕ وٚن

کالج۔۔۔۔ یکہٕ وٹہٕ

نوکری نکھہٕ نکھ۔۔۔۔ ہرن وأقف

از

ہنگہٕ ذذُر

زمانکہٕ ڈوٕکری دب، لترِ کھش

اکہِ نتہٕ بیٚیہٕ رٔنگی

سہٕ پنہٕ نس أرلس منزٕ ے قأد

بہٕ اول وُجارٕ سپدتھ سیکہِ صحراون

دکہٕ لد پھیران

شِکوٕ شکایت، کُس کس کرِ ہے

دوشوے ہے بنگہٕ

دم دِتھ ووٚنمس

تیرٕ ہا کھنزٕ ے

خابس منز تنہٕ..........

اَز پیو کھ بُتھِ، اِدٕ

زبوٕ کلیم

بہٕ تہِ چھُس پھرٕ نٹہٕ ذد

کتہِ سہٕ شہجار........

تراوتھ، مستی، کأف، سرۆد

لے مُٹھہٕ جاناوارن

وُچھان..........وُچھان

رۆدنہٕ پانس تام

نئیند رِمنز ؤتِھتھ

ژیۆنُم..........

زِ

یہِ اوس سورُے خاب

# شیشہٕ عمارت

ژٕمی دِژٕنہٕ نظر تہٕ زانہہ

وٲنسہٕ وادن ہُند رٕژھرووُمت لول

برٛنٛزِس منٛز سپُد وٕٹسی

سٲری ہے گوپھٕٹی پھاک

ہجر کہِ ناگہٕ ہیو پیالہٕ چوٗن

کل روٗزٕ م تیسٕنٛز

مپدے گنٛڈِتھ رووُدس وُچھان

از پگاہ واتہِ ضوٗ روٗز

تنہٕ تہٕ گوسمیا

اَز......... آو

پژٕ ہے آیم نہٕ

زِ آلوِتھ وۄنُن

سبٹھا پوٚ جکھُن ینہٕ باپتھ

وأنِج أسم پھٹنس آمژ

سیٚدِس ہوٚل گری زِ کیاٚ

بہٕ ووٚتُس نہٕ پھُٹ مِتمِن پھوتمِن

یٔژ کأل آو.......... آو

لوٚلس أج پھُلے

أشِس أج دِگن

یادِ وٕترِس لوٚگ پھیُر

رٕمی آرُک گرٚز

وِرِوارس منٛز گنٛڈُن

یارِ بلہٕ بونہِ شہجارس منٛز دربار کرُن

وُڈِ رہُند کونگہٕ ژوٗر

بادام پھُلے

سانہِ ڈبہِ پیٹھ بُلبُلن ہُند جثہٕ جوٚش

سأری سے دیُت دوہ تار پھیُر

چھیکرس گوسوُرے وۄٹسی

شیشہِ عمارٕژ گو چۆر

ییٚلہِ دۄڈ بِرِ نیرِتھ ژۄلُس

زِ.......

اَز چھُس آمُت چونُے لول گرٕ ھِ

زِنٛدٕ روزُن میأنِس دِلس منٛز

نٚے لرِلۄ ریوسہٕ چأنٛی پُرن

ژرِمولہٕ ہمہٕ ہن

روز زِنشأنیاۂ

# پژھِ پوش

چھو کہِ دأ وی بُتل

ووشہِ ئری سہلاب

یہِ چھُ میون شہر............ییمی یۄتاہ ژول

ییمی وِزِ وِزِ............قول امارک پول

دۆرِ گس ٹھۆ ررو............واوس از تام

سِیاہ رأژن............سحر چھُ موکل

ہنہِ ہنہِ گٹہِ ژلہِ

تھنہِ پپو گاشُر

زُواژِ مرگن............سبزن باغ

واوس تیلہِ مُشکُن

وولسنہِ یِیہِ ڈل............ارمانن ہُنٛد

نِوسرِ لے تُلہِ منہِ پوشنۆل

تہٕ

پژھِ پوش پھولن

## شیٚچھ

تھنے پیوس زوٗنہِ دپان زن گرٕ ہُن ژوٗل
ووٚمیزن ماجہِ مأژِلس زن سحر پھوٚل
وُچھان ژھاین تہٕ گراین دمدار آسم
سُوان کپٹان ولان رنگدار آسم

دریومُت لالہِ میأنِس مأڑِ ہے ناو
وُٹھن پیٹھ امہِ بدل کینٛہہ تہِ نے آو
گوڈے لیس کرمہٕ لأرِس کھُر چھُ آسان
سہٕ گُری تن ہیٚتی ژھ؛ تس گُس چھُ کاسان
ہِگندن باشن اندر گیہِ مأج ترأوِتھ
دین تھوونس بہٕ لرِ تاپس تہِ سأوِتھ

ہیمتھ کٔر لالہٕ نِے شُرِ پھاپھلأوِن
رٔچھِن پأرِن تہٕ پانے مأج لأجِن
گٔرم لالس خریدأری مے ۔ نازن
تٔمی شفقت تہٕ ہأوِم ووت دادن
دین اوُسس بخُشمُت گاٹہٕ جارا
عقل بروٗنہہ بروٗنہہ تٔمِس اوس بوٚڈ سہارا
زمانن ہأوِنس بُتھِ کتی تے رنگ
مُقابلہٕ کوٚر تمن تٔمی آو ما تنگ
تٔمِس لالس ببر شیر ناو مشہوٗر
دِلس لوٚگ زٔخم تس پنہٕ نوٗ ٹُلس گیوٗر

گرا اوس باگہِ بوٚر کیاہ ہبکہٕ وٚنتھ تی
مگر لالس تہٕ لاربو کبنٛہہ وُچھِتھ یی
گٕرن تھپھ دامنس ذالس تمی روٗ چھ
ہمتھ ما حوٚرمی تَے لُنڈ تہِ ما ہوٚچھ
پھوٚلتھ آیہِ لُنڈ رنٛگا رنگ پوش درالیس
دیُتُس سگ لالہِ نٕے بُڈ شوٗب آلیس
پرتھیوس بوٚ ڈ گوس تمی نیتھر تہِ کوٚرنم
گیم ماجی مُشِتھ تیُتھ لول بوٚرنم
پوٚکُس ہے نقشہِ قدمن تٔہدِ نے پٹھ
چھُ طالع بد، جوانی مژ نین ہٹھ

کلس پیٹھ نب مے پھو گو منڈِ ننبٕے شام

ییٚتیم گوس وارٕ پاٹھمن سون سپُد ترآم

جماہ گۓ آشناو تے یار ساۄری

گرِٕم دوہ لالہٕ نی نکھٕ واۄلی باۄری

سپدی سۄری میاۄنی ارمان تمہ ژٕتھ پیٚیے

تہٕ باسیوم نبہٕ پیٚٹھے تارکھ ۄسِتھ پیٚیے

اَکِتھ کُن مول بیٚیِتھ کُن اَشناو ژۄلی

خبر مأنِج کیاۄزی تمہ روگہِ روگہِ ژۄلی

تھٕ وادن روخ بدُل پھو کۆت ژالُن

گرٕم ڈبکہٕ بجہِ اَتھس تھپھ ہیوٚت گرٕ سنبھالُن

مےٚ شُری پائلم تہٕ چھکرِتھ کٔنڈی تہٕ گائلم
تہٕ بُتھی بدلاوی پنہٕ نو تِتھی تیر ژائلم
دِپان لوگمُت گوڈے لیس شاپھ آسان
تِمِس ورِہول سے تام ٹاف لایان
کھُندِس پتھ کھُند لگان لگان تس ہوش راوان
کران تچھ بچھِ ویکن سوکھ تہٕ پراوان
زخم سنٛز لگی دِلس میأنس اماوٕز
ژتبس لالن مےٚ وٕنی مژ شیٚچھی چھے نا شوٕز
پتو لاکن ووٚنم لالن شےٚ دوہہ بروٚنہہ
زِ وق پیہِ تیُتھ پنے ما بُتھِ وٕستھ کوہ

کلس پٔتھ نب مےٚ پھوٗ گو منٛدِ نِنہٕ شام
یٚتیم گوس وارِ پأٹھن سوٗن سپُد ترٲم
جماہ گٔے آشناو تے یار سأری
گٔرِم دوہ لالہٕ نی نکھہٕ وأرِی بأری
سپدی سوٗری میأنۍ ارمان تم دٔزِتھ پیٚے
تہٕ باسیوم نبہٕ پیٚٹھے تارکھ ؤستھ پیٚے
أرِکتھ گُن مول بیٚیِتھ گُن آشناو ژٔلی
خبر مأنِج کیأژ تم روگہٕ روگہٕ ژٔلی
تہٕ واون روٗخ بدٕل پھوٗ کوٗت ژالُن
گٔرِم ڈٔبکہٕ بجہِ اَتھس تھپھ ہیوٚت گرِ سنبھالُن

مےٚ شُری پأژلم تہٕ چھکرِتھ کُنڈی تہٕ گأژلم
بُتھی بدلأوی پنہٕ نو تِتھی تیر ژأژلم
دپان لوگمُت گوڈے لیس شاپھ آسان
تِمِس ورِہوٚل سے تام ٹاف لایان
کھُندِس پٹھ کھُند لگان لگان تس ہوش راوان
کران تچھ بچھِ ولیکن سوکھ نہٕ پراوان
زخم سٔن لگی دِلس میأنِس اماپوٚز
ژتس لالن مےٚ وٗنۍ شیٚچھی چھےٚ ناشوٚز
پتو لاکن وۄنم لالن شےٚ دوہہ بروٗنہہ
زِ وق پیہِ تیُتھ پنے ما بُتھِ وۄستھ کوہ

دۄپُن بس اَتھ کتھا میأنی ژٕ تھو یاد

پُتر پان ژٕے دیس وادس مہٕ کر واد

یہے ژھے وتھ امی سیٚزِ وتہِ پکان گژھ

دیس تھچھ دامنس کر بروٗنہہ وُچھان گژھ

تتھٕلی زِ نہٕ لُکہٕ ہندبن بٔنگلن تہٕ کارن

پتو لاکن کھسان تتھی لوٗکھ دارن

سوٚمِس برکتھ سوٗے ورتوو للِ ہے

سوٚہے ورتاو سوٚم پکھ سوٚم نظر تے

رٕچھِم لانٛز یہِ کتھ تھأوِم منس منٛز

گزأرِم زِندگی روٗدُس جبس منٛز

سَمے ووت اۆت زبردس آو طوٗفان
وۆلُن کشمیر سوٗرے تہٕ آیہِ لِتھوان
گرٛھان گٔے ژھبنہٕ بنٛد باندو تہِ یکدم
دزان گٔے جایہِ مران جانانہٕ پھٔٹٕ بم
ژوپٲرٕ وۆتھ ہوٗل بارو گرِ ژٕلتھ آے
پھسیہِ صٔحراوٕنے افسوٗس مٔلِتھ آے
تہٕ میچِہِم جایہِ رژھ کھنڈ تاپہٕ کژایے
کٔیمن کرِلن اندر پوٚر تراٗہہِ تراٗہے
ژتبس پیٚیہِ لالہٕ نی کتھ پُترُم دیس پان
گٔرِم تھپھ دامنس تٔسر آیُت تھوٚوم پان
کھوٗان ہاکھا بتا چھُس دوہ گذاران
توے روشن بہٕ ہمتھ چھُس نہٕ ہاران

# مصنف سنٛز تصنیفات

| | | | |
|---|---|---|---|
| باوٕ پوٚش | بٲگھتی شٲیِری | نستعلیق | **2000** |
| وُٹھلی وَتو مٲنزی | شارٕ سوٚمبرن | نستعلیق | 2003 |
| باوٕ پوٚش ۔۲ | بٲگھتی شٲیِری | ناگری | 2009 |
| گوٚروٗ دکھِنا | نثر | ناگری | 2009 |

